ولیم شیکسپیر

# کنگ لیر

ترجمہ

ناجی منور

ناو : کنگ لیر (کاشُر ترجمہ)

ترجمہ کار : ناجی منور

چھاپ : شالیمار آرٹ پریس سرینگر : فون :- 74972

تعداد : ۵۰۰

سالِ اشاعت : [illegible]

مول : اکھ ہتھ پنٛژہ روٗپیہٕ ( Rs. 125/= )

کِتابت : افضل اندرابی

میلنک پتہ :- ناجی منور

کاپرن۔ کولگام کشمیر

۲۔ کشمیری لینگویج سوسایٹی، سرینگر

ئہ چھس ریاستی کلچرل اکادمی ہنٛد شُکر گزار
ییمہ مینہٕ یہ کِتاب چھاپ کرنہٕ خاطرٕ کم کاسہ
مالی مدد کوٗر۔

(ناجی منور)

# ترتیب :-

# کردار

لیئر ..... برطانیہُک بادشاہ

فرانس ..... فرانسُک بادشاہ

برگنڈی ... برگنڈی ہُند ڈیوک

کارنوال ... کارنوالُک ڈیوک

البانی .... البانی ہُند ڈیوک

کنٹ ... کنٹُک ارل

گلوسٹر ... گلوسٹرُک ارل

ایڈگر .... گلوسٹرُن نیچُو

ایڈمنڈ .... گلوسٹرُن حرامُک نیچُو

کوران .... اکھ دَرباری

اوسوالڈ .... گونرلہ ہُند دَرباری

بڈھ ..... گلوسٹرُن اکھ کاشتکار

ڈاکٹر ★ مسنجر

گونرل
ریگن } لیئرنہ کوٗر
کارڈیلیا

خدمتگار - دَرباری - سپاہ

مخبری بتیر

# سرنامہ

مێتھ زبانہِ منز یَہ یونانی ڈرامہ تہٕ شیکسپیئرنۍ ڈراما ترجمہ سپدیمژ آسن تمہِ زبانی ہندس ڈرامہس منز آسن لارِمن غلط روایژ پادٕ گمژٕ یہ تتھ ہیکہِ نہٕ صحی ورتھ بوٚمیلتھ۔ یوٚد وے کاشرِس ڈرامہس پننۍ پانٕ تھر روایت چھیہ مگر اتھ چھ لیہ خیتہٕ فنکہ مرتبہ ژراونہٕ باپتھ یونانی تہٕ شیکسپیئری ڈرامہن ہٕنزَن ٹیکنیکن ہٕنز فاید ضروری تلُن امہِ علاوٕ چھُ یہ پَزر آسی تھے زِ یتھ دُنیہس منز انسانی صورتحال سمجنس منز چھِ یم ڈراما سانہِ فلسفہ تہٕ زیادٕ مدد دوان تہٕ اَسی چھِ یمو منز آگہی تہٕ حظ حاصل کران۔ یمہِ پزرِ نظرِ تل تھاوِتھ کریوو میہ شیکسپیئرنِ دوٚن ڈرامہن ہٕندٕ تہٕ سفوکلیزنہ "کنگ ایڈیپس" ڈرامُک ترجمہٕ۔ جولیس سیزرُک ترجمہٕ چھُ ازبروٚنہٕ وارِیاہ وُری چھاپ سپدیومت تہٕ ازچھس "کنگ لیئر" کاشرِس منز پیرن والین پیش کران۔

ترجمس متعلق چھم اکھ کتھ لازمن ونٕنۍ زِ شیکسپیئرنہ کُنہ تہٕ ڈرامُک ترجمہ گژھِ شاعری منزے سپدُن یتھ پاٹھۍ زن یونانی ڈرامہن انگریزی زبانی منز صرف شاعری منزے سپدیومت چھُ۔ یم ڈراما چھِ ڈرامہٕ آسنس سٕتی سٕتی عظیم شعری تخلیقہٕ تہٕ۔ ٹی۔ ایس۔ ایلیٹن یہ قول چھُ اتھ تقویت موزوُن لفظن منز پیش کران۔

" اَسہِ گژھِ یہ آش آسنۍ زِ شیکسپیئرس ہیوٚ شاعر لیکھہِ پننۍ

بہترین شاعری تمن سیٹن منز یم سارِوے کھوتہٕ ڈرامایی آسن۔ یمہٕ ستی یہ سارِوے کھوتہٕ ڈرامایی چھہ بنان تمی ستی چھہ یہ سارِوے کھوتہٕ شاعرانہٕ بنان۔ تمے ناٹک چھہ سارِوے کھوتہٕ شاعرانہٕ یم سارِوے کھوتہٕ ڈرامایی چھہٕ۔"

(ٹی ایس ایلیٹ: شعری ڈراما: منتخب مضمون)

مینہٕ چھیہٕ جولیس سیزرکی یا کنگ لیرس تہٕ منظوم زبانہِ دِنس ستی ستی شاعرانہٕ زبان دِنچ تہٕ کوٗشش کرمٕژ۔ شعری ڈراما چھیہٕ بینہٕ جایہٕ اکھ الگ صنف بیتھ نثری ڈرامانِشہٕ مختلف اسلوٗبی شرط چھہٕ۔

کاپرن

ژلے۔ 1988ء

**ناجی منوّر**

# دیباچہ

روایتہ کِنہٕ چھُ ونان زِ ولیم شیکسپیئر زاو 23 اپریل 1564ء
سٹریٹفورڈ جان شیکسپیئرنہٕ گرِ یُس کاہہ بوڈ امیر اوس نہٕ۔ سُہ آو گرامر
سکول سوزنہٕ تہٕ تتھ تعلیم ہیچِن نہٕ حاصِل کٔرِتھ۔ ارداہ وُہرِ و آسِتھ سپُدس
الِنی ہیتھاوےٚ ناوچ اکِس کورِ سٕتی خاندر۔ سُہ گو و لندن تہٕ اَتہٕ گٔرِ تِمٔ
تھیٹرچن مختلف سرگرمیَن منٛز شرکت۔ اَتھ دوران رُود سُہ شاعری تہٕ
لیکھان۔ تِمٕ سٕنٛز ازدواجی زندگی متعلق، ایکٹر آسنس متعلق تہٕ باقی کٲم
متعلق چھےٚ نہٕ کاہہ تہٕ کینہہ شیقہٕ پاٹھۍ معلوم۔ وۄلگو و تِمٕ سٕنٛدی ہمعصر قلمکار
چھِ منٛزی منٛزی تِمٕ سُنٛد حوالہٕ دِتھ تِمٕ سُنٛد زمانہٕ مقرر کران۔ مختلف تواریخی
شہادتو تلہٕ چھےٚ ونان زِ سُہ چھُ پننِس زمانس منٛز اکھ مقبول ڈرامانِگار، ایکٹر تہٕ
شاعر اوسمت۔ تِمٕ سٕنٛز شہرت تہٕ مقبولیت رُوز پتہٕ دورس منٛز برقرار بلکہ زمانہٕ
پتھ زمانہٕ رُوز ہُران۔ تِمٕ سٕنٛدین ڈرامہن آےٚ پتہٕ دورس منٛز تُوی نٔوی
معنے کڈنہٕ۔ ٹی۔ ایس۔ ایلیٹ تِس ییتھ خیالس منٛز چھُ زبردس پزر زِ "پتہ
زمانس چھُ پتنے اکھ شیکسپیئر"

شاعری علاوٕ چھِ شیکسپیئرن 37 ڈراما لیکھی متی یِمن منٛز ٹریجڈیہ
تہٕ جمبیہ تہٕ کامڈیہ تہٕ۔ ییہ وَنُن چھُ ممکن زِ یِمو ڈرامہو منٛز کُس ڈراما چھُ
ساروےٚ کھوتہٕ عظیم مگر ییہ چھِ اکثر نقاد زور دِتھ ونان زِ کنگ لیئر
چھُ ساروےٚ کھوتہٕ عظیم ٹریجڈی۔ یوٚدوےٚ سٹیج کیو آزیمالو کِنۍ اَتھ منٛز

کیٛہنہٕ اہم کوتاہیہٕ چھیہٕ۔ عام پاٹھۍ چھُ وَننہٕ یوان زِ کنگ لیئر ہیٚکہٕ نہٕ سٹیج سپدِتھ
الزبتھی سٹیجس پیٚٹھ اوس کتہٕ حدس تام ممکن تکیازِ تیٚلہٕ آسی تماشہٕ بۄن بیہری
حیٚتھ کم تہٕ تخیلس زیادٕ کام ہیوان۔ مگر اَز کہٕ سٹیجہٕ کہ تصورٕ مطابق چھُ
اَتھ ڈراماہس منز واریاہ سین تِم یِم خالِص شاعری ہنٛز مثالہٕ چھیٚ تہٕ سٹیجی
پیٚٹھ بِن نہٕ ہاوٕنے۔ اَمِچ اکھ ٹاکارٕ مثال چھُ سُہ سین یَتھ منز گلوسٹر اڈن
سَپدِتھ خودکشی چھُ کرُن یژھان۔ کھوٚر چھُس اُکس شٹیرس آدانس پیٚٹھ، مگر
ایڈگر چھُس بالہٕ کھنگرُک تصور دِوان تہٕ دَپان چھُس تراو وٕٹھ (وُچھِو
ایکٹ: IV ۔ سین VI)۔ شیکسپیرن چھُ تاثر بڈراوُنہٕ باپتھ لیئرنِس مرکزی
پلاٹس لرِ لۄر گلوسٹرُن پلاٹ تہٕ اَتھ منز شامِل کوٚرمُت۔ یِہٕ دۄیے معنیٚس
ہُربہٕ چھُ سپدان مگر سٹیجہٕ کہ لحاظٕ چھُ اَمہٕ سِتۍ تہٕ قریٚب پادٕ سپدان زِ کِردارن ہُنٛد
تعداد چھُ ہُران تہٕ بیٚیِن وآلی سُند توجہ چھُ تقسیم سپدان۔ سٹیجہٕ لحاظٕ چھیہٕ
اَتھ منز سارِوۓ کھوٚتہٕ بڈ دشواری لیئر سُند کردار پیش کرُن۔ لیئر سُند
کردار ہیٚکہٕ صِرف پرنِس دوران تصورس منز یِتھ۔ سٹیجس پیٚٹھ باسہِ سُہ بقول
چارلز لیمب "محض اکھ بڈ شہنشاہ اکھ لۄر ہیٚتھ سٹیجس پیٚٹھ اوربور کران"۔ پرنہٕ
چھُ زِ بیٚیہٕ روتلہٕ شاہ لیئر بیابانس منز طوفانس سِتۍ جنگ چھُ کران، سُہ چھُ
اَمہِ طوفانُک اکھ اَتھٕ ہیوٚن حِصہٕ باسان۔ نیٚبرِم طوفان چھُ تِمی شدس منٛز
اندرِ طوفانس سِتۍ پوٗرٕ پاٹھۍ ہم آہنگ، مگر یہ تاثر چھُ پرنس منزے حاصل
سپدان۔ دۄن گوو اَسہٕ پزِ یاد تھاوُن زِ شیکسپیر اوس پانہٕ پننہٕ زمانہٕ کہ
سٹیجک وۄستاد تہٕ تمی چھُ یہ ڈراماہ پننہٕ زمانہٕ کہ سٹیجکی لوازمات تہٕ

اَمہِ چھِہ سارینے رِوایَژ نظرِ تَل تھاوِتھ لیکھنہٕ کھٔمت۔

کِنگ لیئرٕ چھُ کالس ہیٚتھ اُتھی کَنہِ پیٚرن واَلِس اکھ طویل شاہکار ڈرامٲیی نظم باسان یَتھ منز شاہ لیئرٕ سٕنزے یا ژ ذٲتی دلیل چھینہٕ بلکہ کُل انسٲنی ذاژ ہٕنز المیہ چھُ۔ اِنسان یُس پننہِ محدوٗد عقلہِ کام ہیٚتھ پٔرکھ وژمَس لامحدوٗد تہٕ اوٚبدس بیٚیِش کالس سٕتی متصادم چھُ۔ لیئرٕ چھُ اَسہِ منز پٔرتھ کانٛہہ یُس یَتھ ازٲنِس کاینا تَس منز اکِس المناک صورتحالس منز ہیٚنہٕ چھُ آمت پہ چھیٚہٕ شیکسپیئرٕ سٕنز فنکٲری زِ سہٕ چھُ شاہ لیئرٕ سُنٛد اکھ مناسب مرکزی کِردار دِتھ اَتھ سلطنتٕ ہٕندِس پٔرتھ کانٛسہِ شخصَس اَکھ عذابَس منز شٲمِل کران تہٕ ساَنہے فطرتَس تہٕ چھیٚیہِ اِنسانَن سٕتی سٕتی انتشارس تہٕ کرٕ یَس منز گرفتار باسان۔ ڈرامہِ ہَس منز چھُ پٔرتھ جایہِ نیٚبرِ ژُم دُنیاہ تہٕ لیئرٕ سٕنز اَندرِم دُنیاہ اکھ اَکِس سٕتی ہِشر تھاوان۔

گوٗل، گنٛز بُتراتھ اَلراوُن پہٕ کرِتَن

بس سوٚرے سوٚم ہر طرف

فطرتُک قالِب ژھٕنِن پھُٹراوِی تھپے

تِم زوٚپلِ سٲری کرِکھ یکدم فنا

ناشُکری اِنسان یِم زمکَس اَنان

اِنسٲنی صورتحالُک المیہ چھُ ڈرامہِ ہَس منز ژہ متواٲزی پلاٹ شٲمِل کرنہٕ سٕتی عالمگیر باسان۔ اکہِ پاسہٕ چھُ لیئر اکھ بادشاہ آسنہٕ کِنہِ حیثیتہٕ پننہِ سلطنتُک باگراوِتھ شاہی فرض مُنشراوان تہٕ اکھ موٗل آسنہٕ کِنہِ

جیٚنیٚتھ پنٕنس اکِس اولادس پٮ۪ٹھ ظلم کران ۔۔۔ دوشوٕنی صورتن منٛز
عقل، استدلالس تہٕ انصافس خلاف گناہ کران تہٕ بیٚیہِ پاسہٕ چھُ گلوسٹر
بوزنس پٮ۪ٹھ شوٚرہ گرِتھ عقل، استدلالس تہٕ انصافس خلاف لغاوت
کرِتھ پنٕنس وفادار اولادس پٮ۪ٹھ ظلم کران۔ لیٖرس تہٕ چھُنیہ فطرت
انتقام ہیوان تہٕ گلوسٹرس تہٕ۔ مگر اتھ سٕتی چھِ معصوم تہٕ
بےٚ قصور منٛزی کارڈیلیا تہٕ ایڈگر بے پناہ دٔکھ تُلان۔ یِم زٕ ہوی
پلاٹ چھِ واریاہن جاین اکھ اکِس سٕتی رَلان۔ گلوسٹرس چھُنیہ
لیٖرس سٕتی ہمدردی تہٕ امی سٕتی چھُ ایڈمنڈس تمِس خلاف سازش
کرنُک موقہٕ میلان۔ ایڈگر چھُ جلاوطن سپدان تہٕ اُتھی منٛز چھُ سہ
گلوسٹرس سعہ کھ واتہٕ ناوِتھ ہیکان۔ بیٚاری چھُ ایڈمنڈ گونرلہٕ تہٕ
ریگینہٕ ہس دوان۔ جنگ کہ ناوان تہٕ آخرس تباہ کران۔ بیٚاری چھُ ایڈگر
پاگل آسنک سانگ لاگِتھ لیٖر سٕنہ پاگلاری سٕتی ہشر یادِ کران تہٕ آخرس
پٮ۪ٹھ چھُ ایڈمنڈس قتل کرِتھ لیٖر سٕنہ تختک حقدار بنان۔ یمن دوٚن
پلاٹن ہنٛد ہشر چھُ ڈراماہکس منٛیس آفاقیت بخشان یتھ کُن گلوسٹرنی
یم لفظ اشارٕ چھِ کران :

گلوسٹر : آ۔ زٕ نہٕ سیری یس یم گرٕ ہنی کوہ وَقتہ
نگیٚ رٕتم چھُنیہٕ اسہٕ کنھی بھرٕتی ۔ یوٚدوٚے عقل اتھ پٮ۪ٹھ
پاٹھی یا پٮ۪ٹھ پاکھی تاپیر گلہ، دَکھ یٚیتہٕ یہ ووٚنی ہوٚنس
پتھ سپدان چھُ تمہٕ سٕتی چھُنیہ فطرت زٕ نتہٕ رَتہٕ داوی

سپدان۔ لول پترنان، یارانہ ژھینان، بوسے پٕز باسے
شند، شہرن منز بغاوت، گامن منز تنازعہ، محلن منز
سازش تہٕ ماٲس تہٕ گوبرس رِشتہٕ ژھینان......

(ایکٹ I ۔ سین II)

یوٚدوے ظاہری طور ییتھ ڈراہس منز دُنیاہکۍ دوکھ تہٕ ستم آسمٲنی
چھِ باسان تہٕ یِم پاد کرنک قوت وکھ انسانس نیبر چھُ باسان، مگر
کیٚہ دارن پوٚر پاکھی تہٕ شینتہٕ نظر تراو تہٕ پتہٕ چھِ یِمن سارنے دوکھن
تہٕ ستمن ہُند آگُر چھِ فردن ہُند کرن کرداون باسان۔ گلوسسٹرس
بیٚلہٕ اَچھ زٕ کٔڈِتھ چھِ نوان، سُہ چھُ کرشکھ دوان:

یُس حسر سیٖژل شرہن نش چھُ مچھن
دیوتاہن برٛونٹھہ کٔنی آسہٕ تُسے حسر

[ ایکٹ I : سین I ]

مگر یہ وقتی کرشکھ چھینہٕ تِمی شندِ اصلی کردارچ ترجمان۔ سُہ تہٕ
باقی ساری کردار چھِ جایہ جایہ دیوتاہن تہٕ غاآبی طاقتن رحیم تہٕ
مہربان زانان۔ یہ چھیٚہ کردارن ہٕنز غلطی یا کردارن ہٕند پوٚشید
"المیہ قبح" یُس سُلہٕ یا زٕہری تِمن زوال پٕچھ انان تہٕ مصیبتن منز
آدران چھُ۔ البتہ پٔرتھ جایہ چھینہٕ یہ انصاف قایم روزان۔ اگر بدس
ہمیشہٕ بیٚہے ووتان آسہٕ ہے تہٕ نیکس نیک، تتھ ونو شاعرانہ انصاف
مگر زندگیہ منز چھینہٕ شاعرانہ انصاف نظر گژھان اَتہٕ چھیٚہ معصوم

کارڈیلیاے پناہ دِنہٕ کہ تھٲئتھ بدی ہِنٛدِ ین طاقتَن ہٕنٛز شِکار سَپدان
تہٕ نیک دِل کنٹ تہٕ ایڈگر چھہ پتہٕ تہٕ فرمَس پیٹھ قیامت وَتراوان
پہ چھہٕ زندگیہ ہٕنٛد اکھ ٹاکارہٕ پہٕ ریش شیکسپیٖرَن قٲیِم چھہ تھوومُت
اَوٕ کنیٖ چھُہ پتہٕ کینٛژَن نقادَن ہُنٛد یہ الزام زِ ڈرس نہٕ کارڈیلیا ہُنٛد
مَرُن چھُہ ڈرامہَس منٛز غار ضروری۔ البتہٕ شاعرانہٕ انصافَس پیٹھ
پکھتہٕ چھُہ شیکسپیٖر بد کردارَن ضرور شکست دِوان۔ ایڈمنڈ،
گونرل تہٕ ریگن چھہ انتقامی دیو یہ ہمیشہ بتھہ لگان تہٕ پانہٕ تِنا
سپدان بدی چھُہ شکست میلان۔ مگر نیکیہ ہٕنٛز آنٛتہٕ رٕوس قربانیہ
پتہٕ۔ کنگ لیئر ڈرامہَس منٛز چھُہ عذاب اکھ تعمیری عذاب۔ کردار
چھِہ پننہٕ ناقص عقلہ کامہٕ ہیتھ اَتھی کران مصیبتَن منٛز ہینہٕ یوان
تہٕ ہیچھان۔ دِنہٕ کھوٕ ستی چھکہٕ منک کھوٕ چرٕ ژلان، مزاز ک
تَچھرٕ میٹھان تہٕ ذہینک گُھر سپدان۔ یوہے وجہ چھُہ زِ دِنہٕ کِنہ
ہیٚتی چھہ ساری ڈرامہَس منٛز دِنہٕ کہ سیٹھاہ حسرتہٕ تہٕ جبرٕ تہٕ سان
وَتراں۔ کنٹ چھہ خاص کرِتھ بَتھوٕ کردارو منٛز اکھ یش داد
تہٕ دِنہٕ کہ پانس پیٹھ ہیوان چھہ۔ ایڈگر چھہ اکہِ بچرِ بیٚٹن ہٕنٛز و
غلطیو کنیٖ مصیبتس منٛز ہینہٕ یِتھ ساری ستم وَتراوان۔ مسخرٕ بیند
کردارس منٛز تہٕ چھہ دِنہٕ کہ تلنک تہٕ وتراونک اکھ خوبصورت
انداز ـــــ اکہٕ اکہٕ چھہ ساری کردار دِنہٕ کھوٕ تہٕ ستموٕ ستی بالغ سپدان
تہٕ گاٹہٕ بجار چھکہ ہنہٕ ہنہٕ ہیران تہٕ آخرس چھکہ موت اکھ سہل موقہٕ

بٔنتھ بڑو ٹھ کٔن یوان۔ خاص کرِتھ چھُ پانہٕ لیٖئر پننہٕ کارڈیلیا
پننہِ کوٗرِ چھِ منز کلہٕ ترٲوِتھ موٗدرِ ساز بوزِتھ تہٕ تمیٚ سٕند یوٗہ یوٗہ شو
سِتۍ زنتہٕ نوٚو زیوان۔ یا چھُ پنٕنی زنتہٕ مرِتھ نوٚو زمس یوان:

لیٖئر: کیاہ زٕ کوٚرتھم ظلم کوٚڈتھس قبرِ منزٕ؟
رحمتس منز چھکھ ژٕ رُح
نارٕ گرِ کنہٕ چھُس گنڈتھ
(ایکٹ IV : سین VII)

اتھی موقس پیٹھ چھُ سُہ اقرار کران:

لیٖئر: عرض کوٚرُے منتہٕ وُنی کر تَم مذاق
سیوٚد تہٕ شوٚد اکھ بُڈ بٹہٕ بیٹھو مرت بُہ چھُس
(ایکٹ IV : سین VII)

تمِس چھُ پننین یتھ مین غلطین ہنٛز احساس سپدِتھ پچھتاولیوان
تہٕ بیٚیہِ اکہِ پھِرِ چھُ محبتُک شوٚد جذبہٕ محسوٗس کران۔ پچھتاو تہٕ محبت
چھِ ژلیتھ تمِس آزادی ہنٛز سبق ہیچھِناوان تہٕ سُہ چھُ نجات لبان۔

پکھ اَژو زِندانہٕ ہیے
اُسی زٕ پانس زَن ٹھپِس منز جانور جیوٗرِ یاہ گیوو
بٔبلہٕ تہٕ وٕ نہٕم منگ دعا، یکدم وٕ سے سجدس نمیتھ
پِنَ دَپے بخشتم گناہ
زندگیہ ہنٛدی تتہٕ مہ دوہہ یکی گذارو تیتھ کٔنتھ

دُعا کرِو۔ آسہِ گژھوان پرٛانِن کتھَن پھیُر پھیُر دِوان

أسۍ دُچھو سُہ نہٕ پھِر کرِتھ پوٚنپر بیٚتھے

بَس بٔنۍ پھِر ژیکھ اُسناہ کرَو

خَبر دربارٕچ پرٛژھان آسو ماڈرن، چارِن کلِین

زِیوٗن کمی تہٕ ہوِر کمی

ژلوکُن تہٕ دژاوکُن

(ایکٹ V : سین III)

کنگ لیَیر چھُ دُنیاہچہِ عظیم ٹریجڈیو منٛز اکھ، مگر خوف تہٕ رحم غالِب آسنس رٕتۍ سیتۍ چھُ اَکھ منٛز طربیہٕ تہٕ احساس سَپدان۔ طربیہ چھُ اَکھ منٛز گوٚڈٕ پیٚٹھہٕ اندس تام اَکھ زیریں لہر یُتھ خوفس تہٕ رحمس زیادٕہ شارت بخشان۔ چُنانچہِ کیٚنژن جاین چھُ مشکل وَنُن زِ یہِ چھا کامیڈی کِنہٕ ٹریجڈی۔ لیَیر چھُ پانہٕ گوٚڈٕ پیٹھے مسخرانہٕ حرکژ کران تہٕ تٔمۍ سُند پَنٕنِس کورِ ین یہِ پرٛژھُن:

تٔلہٕ سَہ کورِ یو تُہنٛز یکِن بی تو میٛہ نِش

زیٚو وَنٕی تو کُس یہٕ کوتاہ لوٚڈ چھُس

(ایکٹ I - سین I)

یہٕ چھُ گوٚڈٕ نیٚتھے ہاوِتھ دِوان زِ تَس چھُ مزاژس منٛز طفلانہٕ شوق۔ سُہ چھُ پانس سمجھان، نہٕ پَنٕنِن کورِ ین تہٕ نہٕ پَنٕنِن دوستن تہٕ دُشمنَن۔ اَمہِ طربیہ واقعہٕ یَتہٕ چھِ ڈراماہس منٛز بجایہِ جایہِ تتھۍ منظر

تیٚژھ حرکژ تہٕ حالژ یِم طربیہٕ آسِتھ پیٚدٕ ن وٲلِس لرزٕ پاوان چھِ تہٕ
المیہ پہلوٗوَس زیادٕ شِدّت چھِ بخشان۔ خاص کٔرِتھ چھُ مسخرٕ سٕنٛد
کِردار ظٲہِری طور سنجیدٕ انسانَن ہٕنٛزِ عملہِ ہٕنٛدِس بے معنیتس
نٔنراوان تہٕ سورُے چھُ باسان شُری تماشہِ ہیٚوٗ۔ ڈرامہَس منٛز
چھِ سارُوے کھوتہٕ مہیب سین بیابانَس منٛز ییٚتہِ لیئرُن اَصلی
مٔژرٕ ایڈگرُن نقلی مٔژرٕ مسخرٕ سٕنٛد پیشہٕ وَرانہٕ مٔژرٕ تہٕ فطرژ ہٕنٛد
طوٗفانی مٔژرٕ یکجا گژھان چھُ۔ گگرایہٕ تہٕ ترٕیہٕ ٹھ چھیٚہ انسانی صوٗرتحالَس
پیٹھ اَسن کھنگالہٕ ہیوٗ باسان۔ حتاکہِ کارڈیلیا یہٕ ہٕنٛد اچانک
قتل سپدُن تہٕ چھُ آخرس پیٹھ اتفاقک اَکھ ہا بتناک مخولہٕ
باسان ییٚلہِ زَن سٲری حالات وِوِٹنی تمۍ سٕنٛدِس حقَس منٛز سپدان
چھِ۔ پروفیسر ولسن نایٹ چھُ مناسِب آٹھی کنگ لیئرس COMEDY
OF THE GROTESQUE یا وِکھژارک طربیہٕ وَنان۔

# ایکٹ : I

## سین : I : شاہ لیئرنہ محل خانک دربار

کنٹ، گلوسٹر تہٕ ایڈمنڈ چھہٕ اژان۔

کنٹ : بہٕ اوسُس زانان زِ بادشاہ سلامت چھہٕ البانی ہنٛدِس ڈیوکس کارنوال کِس ڈیوکہٕ ہنٛدِ کھوتہٕ زیادٕ پَسنٛد کران۔

گلوسٹر : اَسہِ تہٕ اوس ہمیشہِ یِی باسان، مگر وۄنی بٔڈلہِ سلطنت باگرنہٕ آسے فِکرِ چھینہٕ ترٛان سہٕ کَس ڈیوکَس چھہٕ زیادٕ بٔڈتھ کران۔ تکیازِ باگراونس منٛز چھہٕ تیوٗت ہشر تھاونہٕ آمُت زِ کوتاہ سوچنٕ تہٕ ہٮ۪کہ نہٕ کانٛہہ ریشکوٗکرِتھ زِ کُس حصہٕ کیا چھہٕ زیادٕ رُت۔

کنٹ : مےٚ ڈٔنی تُو تعالیٰ جناب یِہِ چھینا تُہنٛد فرزند؟

گلوسٹر : اَمِن خرچ رُود کھینہٕ کِیژِ ہے، چھُو تیٚلہٕ چھہٕ یِہِ مےٚ رۆد چھمت۔ یتھ گوٗ اَمیس پَتھ فرزندَ وَنُنس ییٚتھ چھُس بہٕ ازتام تِتھٕ پھِر منٛز چھومُت زِ وۄنی چھُس یِہِ دۄپِ زِ تہٕ بےٚ مند چھی گوٗمُت۔

کنٹ : مےٚ زَن لُوگ نہٕ کینٛہ شہ اَتھ۔

گلوسٹر : اَچھ اَچھ اُمی ہنٛز ماجہِ ہیٚکہِ ہے لگِتھ (ڈمب)۔ یِزرٕ چھُی زِ

رۄن کرِنہٕ برٕ وٕ ٹھٕچھے اٰسۍ تٔسۍ یَڈ ہنیر وژاہٕژ تہٕ پتہٕ زاس

(یہٕ) نیٚچو۔ اَدٕ تو ہیٚرٕ چھا اٰمِس مٲژ کیٚہنہٕ نقص لبٕنہٕ یوان؟

کنٹ: آسہِ تیٚہ لبٕنہٕ یوان تہٕ تتھ کیاہ کٔری زٕ۔ تمیٚسُنٛد نیٚچہِ چھُ مناٛ۔

گلوسٹر: مگر مےٚ چھُ بیٚنٛہ اکھ بٔیِس نیٚچو تہٕ، سُہ چھُ اٰمِس زٕ ییٚٹھ

وُری کھنٛڈ۔ سُہ چھُنہٕ مےٚ اَمہِ سٕندِ کھوتہٕ زیادٕ ٹوٚٹھ۔ موٗن زٕ

یہٕ بدماش آو وٕچاڑِ پاکھٕٹھ تمِس برٕ وٕ ٹھٕچھ یَتھ ونہٕنس، پوٚز اٰسۍ

ہِنٛز موج آس سیٹھاہ رٕژ۔ اَمۍ سٕندِس زٕ ینٛنس منٛز اوس اکھ

لطفاہ یوان، تَوے کٔنہٕ چھُ مےٚ یہٕ حرام زادٕ بیٚنٛہ مانُن۔ ایڈمنڈ!

ژٕ زانہٕنا یہٕ محترم۔

ایڈمنڈ: نہٕ حضور۔

گلوسٹر: یِم گٔے میانۍ۔ عالی جاہ کنٹ۔ یِمٕنہٕ پیٚور گژھَن یِم میانۍ محترم

دوس زانٕنۍ۔

ایڈمنڈ: بٕ جناب چھُس حاضر۔ حُکم کٔری تو۔

کنٹ: بٕ بَرٕ تو ہیٚرٕ مانے۔ بٕ یِژھٕ تُہنٛز پوٚر پاٹھۍ زان کرٕنۍ۔

ایڈمنڈ: جناب! بٕ کرٕ تتھ قابل بنٕنٕچ کوشش۔

---

ٹ: شیکسپیر چھُ جایہ جایہ لفظ ظرافت وَرتاوان۔ کنٹ چھُ وَنان۔ I CAN-

SIR, THIS YOUNG (ن) تہٕ گلوسٹر چھُ پیٚورٕ وَنان NOT CONCEIVE YOU

FELLOW'S MOTHER CO... ۔ کاشرِس منٛز ہیٚکہ

گلوسٹر: یہ اوس نوَن ڈوٗری ییٚن اذری تہٕ ووٚنۍ ژھس بٹیٚہ گژھُن۔

—— بادشاہ سلامت چھ اور یِوان۔ (اَندرٕ چھیہ کتھ کنہٕ

گژھان)۔ (شاہ لیٖر، کارنوال، البانی، گلونرِل، ریگن، کارڈیلیا

تہٕ نوکر چاکر چھ اژان۔)

لیٖر: ہے گلوسٹر! نیر گژھ۔ فرانسہٕ کیٚن برگنڈی ہنٛدین آسَن تہٕ

گژھ خاطر کرکھ۔

گلوسٹر: بہتر جناب!

(گلوسٹر تہٕ ایڈمنڈ نیران)

لیٖر: رازداری ہنٛد چھ اکھ منصوبہٕ۔ اَسہِ یاوُتھ کرو۔

دِم یہ نقشہٕ پوٗرٕ کیٚن۔

زانِو تُہۍ سلطنت اَسہٕ ترےٚن حصن منز باگراو

اَسہِ چھ دوٗر، محکم ارادٕ۔

بدا اَسہِ ترٛاوٕ پتھر ییتھ واُنسہِ منز۔

سادٕ تہٕ فکرن تہٕ اندیشن ہنٛد یہ بور۔

اَسہِ یہ پیشرو نوجوانَن، زور چھکھ

بور رٔوس موتس کُنتھ پانس لمو

ژانٹھ گوبرا کارنوالا!

ژٕ تہٕ البانی، ژٕ کم کیٚنہہ چھکھ نہٕ ٹوٹھ

اَسہِ تِچھِیہٕ مرضی آسی کرٕ ایلان زِ کورِ ہِن کیٛاہ دِمَو

یُتھ زِ پگہُک نیٛاے اَزی اُتھر رَتھ ژھنَو

فرانس تہٕ برگنڈی ہِنٛدی شہزادٕ

گاٹشہِ کِچہِ شہزادٕ ہِنٛدِس مجتس منٛز

پانہٕ وٲنی گاہتی رقیب

مجتس منٛز بازہٕ ہہٕ مے کھٕ کِنہ بیٚٹھ رُوزرِتھ [illegible] دَربارس اندر

از تِمَن اَسہِ دِیُن جواب

تَلہٕ بلی کورِ ہو بیٚن لی تو میٚہ نش

زیٚیُو وُنی تو کس ہٕ کوٗتاہ ٹوٹھ چھِس

کیٛاز چھُم سَپُدن مٚے دِوٕ نی محروم پانٕے تختہٕ نشہِ

سلطنتٕ ہِنٛز فکر، دربارچ پریشانی میٚہ ترٛاو

وُنی تو وَوٕنی کس ہٕ کوتاہ ٹوٹھ چھِس

یُتھ زِ اَسی تہٕ یوٗرِ تیٚژراہ فیاضی ہاوِ ہَو

یوت ہٕ فطرت تہٕ زانہٕ ہاوِتھ ہیٚکی

گونرِل! بہ چھکھ تَوٕ ے گوڈٕ نیتھ ژٕ ون۔

گونرل: آغہٕ! وَنہٕ کیٛاہ! تیٚیوٗت محبت چھُم زِ

ہیکہٕ نہٕ زانہٕ تہٕ لفظن منٛز وٕنِتھ

ٹوٹھ چھیٚہم زیادٕ بیمہٕ اَچھ گاشہٕ نشہٕ، کُل زِگتہٕ نشہٕ، مَے کے انشہِ

اَسی تَن کوتاہ موٗلُل، نایاب کیہنہ، تِمہٕ نِشہٕ

زندگیہ نِشہٕ، صحتہٕ نِشہٕ، حُسنہٕ نِشہٕ تہٕ یَنہٕ تہٕ نِشہٕ

کانٛسہٕ نِشرٕ تالِس نہٕ، اِزتال آسہٕ دِتھٕ مُت لوٗت لول

نالہٕ اِزتال آسہٕ نہٕ نالہٕ لوٗت لولاہ ووچھمتے

محبتا تیٚتھٕ تاہ زباٚنہٕ چھُم کلان

لوٗت باوِتھ ہیکہٕ، چھِی ہم تِمہٕ نہٕ زباٚدے لوٗکھ ژٕ

کارڈیلیا: (پانسے کُن) کارڈیلیا کیاہ کرکھ وونی! لول بَر، خاموش بہہ۔

لیئر: وُچھ سا۔ ییٚژاہ سلطنت۔ ییٚمہٕ لانہٕ ییٚتھ ہتھ لانہٕ تام

ییٚتھ اندر چھِی ہم زٕ ہٹھلی وَن، ہیٚرِ، مادان کیتی چھِی

ہر طرف ہم گاسہٕ مادان، داریاہ ڈری یاد مُنزِر

کوٗری ہم ساری زٕسے دِتمے، ژٕ یہٕ تہٕ چانٛہن وارِثَن۔

رنگینی، ٹاچھی ژٕ منزِم کوٗر چھکھ۔

چھکھ ژٕ کارنوال ہشز آشیٚنی۔ ژٕ وَن۔

رنگین: میٚنہٕ چھُم سوے آدٕ زن یُس بیٚنہٕ چھُم

نازٕ تو میٚنہٕ چھُم محبت چون تِتھٕ

میٚنہٕ کٔری تو وونی بیڑ ہے ہش بخشاہ

تِمہٕ زن نی میانہٕ دِلہٕ منزٕ کنہٕ وَن۔۔۔ دَپہٕ اَو ڈے

بیٚژرہٕ ہن آمہٕ ہیٚچ نہٕ اظہار ہے کرتھ:

چھُم میٖہ داوا سارِوے خوٗشبوٗیہ نِشہِ چھُس بے نیاز ـــ

خوٗشیہ یمہ، ہم قیمتی احساس زانہہ ویٖپَرِتھ ہیٚکن

چھُس فقط بو تھنز مایی منز لبان سارِے خوٗشی

کارڈیلیا: (پانسے کُن) ہاے پانو چھُکھ چھوٗنے

دِپھ کیٛاز چھُکھ ؟

پَزِھ ہیٚے چھُم دِل چھُم بُرِتھ، چھُم نہ یِوان زیٚو پیٚٹھ کہِنی۔

لیٖیر: ژٕ یہ نہ چاہن وارِی ژٕ کیٛتھ چھُم بہٕ عِصہٕ اَکھ کھوُوشت

گوٚنرلہ تیٚس نیٚشو بہٕ تمہٕ نِشہٕ چھُنہٕ کم

ہوٚلہ کِنہٕ بارقبہٕ کِنہٕ۔

میانی جِگرِی چھُکھ ژٕ یِوِو وے کم عمر

چھُکھ نہ کم کیٚہنہ، میانہٕ جِگرک کھوٚنٹ چھُکھ

چانہٕ معصوم لولہٕ باپتھ

پرانہٕ وِن فرانسک شراب ـــ برگنڈی ہنٛد شوٗز دوہ

وَن سارِوَن کیٛاہ چھِے وَنُن ؟

نِکھ بیٚنِن ہنٛدِ کھوٚنہ نوٚ ڈینامہ ژٕے

وَن سارِوَن، کیٛاہ چھِے وَنُن ؟

کارڈیلیا: میانہ آغہٕ، کہنی نہ۔

لیٖیر: کہنی نہ!

کارڈیلیا : کینہہ نہ

لیئر : کینہہ نہ منز نیران کینہہ نہ ۔ بنیہ ژ ون

کارڈیلیا : چھس بہ بد قسمت ز دل ہینے ییہ نہ اسس منز نیہنے

لول چھم ہیہ چون تیتھے یوت زن آسن گژھم

زیادہ نہ کم کینہہ، زیادہ نہ ژور

لیئر : ہاے کارڈیلیا! بہ کیژھ کتھ، سوریخ اکھ ہیٹھ بنیہ ہنا

یتھ نہ اکھ ہیٹھ قسمتھے پھیرتھ گژھی ۔

کارڈیلیا : جان گوو اَہ میانہ آغو

پاد کرتھس ژ بیے، نہ نہ چھتھس کانچھتھس

یوت پزِ تیوناہ بہ والان نکھ حق

چاؤ چھس تابع، چھسے محبت کران، یزتھ کران"

کیاز نیلہ خاوند پننی چھکھ ژ آری ہتی

یود اگر ہے میتہ زانہہ خاندر کورُم

اکھ حصاہ تیلہ یمہ لولک دمہ پننس خاوندس

نیہ نصف خدمتھ، نصف محبت ستہ میون

کرنہ زانہہ نیتھر بیٹین ہندی پاٹھی بہ

مالی ہیے دمہ لول سوری

لیئر : بہ چھکھا پزی کنی وَنان ؟

کارڈیلیا : آجناب، پزٕی کٕنی وۄنُم

لیئر : یِیتھر کم سِن، چھکھ ژٕ یِیتھراہ بے رحم!

کارڈیلیا : حضرتو! یِیتراہ ژٕ کم سِن تیتھر بوٗ پزٕی بار چھس

لیئر : جان گوٚو اد جان گوٚو، آسی نے پزر ہے تِمن اِدواج ژیے

آفتابکہِ پاک نوٗرُک چھُم قسم

چھُم قسم ہیکٹہِ[1] ہٕنٛدِ بِیٛیہ چھیم ظلماتک قسم

چھُم قسم میئہ تارکَن ہٕنٛدِ گردِشُک

بَس دِوان اَسہِ زندگی تہٕ موت چھُہ

اُزٕ کہِ پیٹھہٕ گَے ختم ساہٕ ہے مأجی مأے

گوو ختم خونک سُہ رِشتہٕ، ٹاٹھنیار

وٕنکہِ پیٹھہٕ چھکھ اجنبی میأنِس دِلَس کرٕژھ

اَکھ ژٕہ وحشی سیتھیأبُک[2] یا تہٕ کانژھ ہا

بوٚچھ کٕنی یُس اَسہِ اولادس ژٕ تِتھ ماریتھ کھوان

آسہِ تیتھ سُہ یتھ دِلَس منز، تیتھ ژٕ چھکھ

ژٕہ، یوٚسہ کرنام آسکھ کوٗر میأنی!

کنٹ : رحم۔ عالی جا! رحم

لیئر : خاموش۔

---

[1] : HECATE - جادٕچ دیوی۔ [2] : (SCYTHIAN) قدیم سیتھیاہک بسکین۔

اجدٲدس تہٕ تمیٚ سٕندس غضبس اندر مہٕ تراو زنگ
سارِوے نِش ٹاٹھ آسم — زِ وٕنمت اوسم یہے بجرس اندر
خدمت کرٕ ہم

دور گژھ مِیانہِ اچھو لِشہِ!
قبرِ منز آرام دمہٕ ژہ حاصل گژھیم
دِل میّہ دٕیتمت اوسمَس، واپَس ہیمُس
بشاہِ فرانسس ناد کرِ تو۔ کٕس کرِ یس؟
شاہ کارنوال، البانی تہٕ برگنڈی زمین
داج دِوان کورمِن دٕیتم یمُس، یہٕ اکھ تہٕ تمنٕے منز کرِو
رٔٹِن اُمی شُنڈگو کیٛر بیٚتھ پٔنٕز رامہِ ناوکور۔
چھُس بہٕ توہیہِ دِوان بادشاہی اختیارن منز کران باہم شریک
توہیہِ چھُس پیٚشران پنُن طاقت، پننہِ عظمت تمام
ماتحت اکھ ہتھ سِپاہ پانس تھوِ تھ
اُسی تھوَو توہیہِ نِش ہیچ ریتہٕ وار دارِی
بس شہنشاہ، ناو تہٕ القاب اُسی پانس تھوَو
حکمرانی، مالیہٕ تہٕ سلطنت — گوٚبرو بہٕ چھُس پیٚشران توہی
تاج بخشان چھُس توہی، باگراوِو پانہٕ وانی
(تاج پنُن بخشان)

کنٹ : شاہہ بڈ شاہ لیر !

ہر ہمیشہ بادشاہ زانِتھ میٛہ کوٚر ہُو احترام

مول زانِتھ، آغہ زانِتھ ماے تو ہہ بُرہش چھمو

دُعایہ خدارس منز یہ رٕو دمت تہندے خیال ـــــ

لیر : وُچھ ! کمان چھم چاآد مژ ـ تیر لنیٛہ بچیتھے ژ روز

کنٹ : جان گو و لگہ تن لنیٛانس. کوہہ کرِ تاراج دِل کِس وُنیہس

بے ادب، گستاخ وٕن کنٹس، لیر دیوانہ گو و

ہے بڈا ! ادتم ژ کیاہ ہیکہ ہُم کرِتھ

کیا چھکھ اسونچان فرض کیا کھوژِ تہ کرِ دم ژٕ یہٕ نش ؟

حکمرانی آسہ بیٛلہ پاذن ہوان خوشامدس !

صاف گویی شُو بہ بینہ تھ

آسہ بیٛلہ ذن شان شوکت احمقازی نش نمان

حکمرانی نہھاوِ پانس تام تہ

ژاپھ سارے ژکھ تہ عقل ڈکیٛہ تھاو

زندگی دادِس بہٕ لاگیتھ چھس وٕنان

چھیے نہ کم محبت کران کار ڈیلیا

یِس نہ زبو زانِتھ آسہ ژھر مٕنٹ ہش وزان

لولہ نشہ خالی تُند دِل آسہ نہ

لیٖر : ژُو اگر درکار چھُے، کنٹ، ژٕ بیٚیہ کانٛہہ کتھ مہٕ کر

کنٹ : چھِم گرٕ ومیٚتھاوٕ ہٕژ بہِ زُوٕ ہین
دشمنَن چانین خلاف
خوف ہرگز چھُم نہٕ یوٚدوَے ہارہٕ بہٕ
چھُس یژھان روزُن سلامت ژٕ ے گوٚژھکھ

لیٖر : دٔرٕ گژھ میانہِ نظرٕ چھوَ نِش !

کنٹ : توٚتہٕ وَنہٕ ہے اُچھ مژر، وچھ وارٕ پاٹھۍ
روزٕ ہے بیٚیہِ پور تہٕ نظرِن تَلے

لیٖر : چھُم اپالو سُنٛد قسم ــ وۅنۍ......

کنٹ : چھُم اپالو سُنٛد قسم، ہے بادشاہ
دیوتاہَن ہٕنٛدی قسم وۅنۍ ٹلی کران چھُکھ

لیٖر : ذلیلہٕ! بدمعاشہٕ!
(شمشیرِ پیٹھ اَتھہٕ تھاوان)

البانی تہٕ کارنوال : حضرتو مانِی دیِوس

کنٹ : یِتھ کرُن یکدم قتل پننے حکیم
مرض یُس چھُے تتھ دِوان گژھ پانہٕ سگ،
چھِم لیوٚتاں شہہ رگ توٚتاں روزٕ ے وَنان
چھکھ کران ناحق گوناہ

لیٖر : بوز نافرمانہٕ! پننہِ وفکہ پاسہٕ وۅنۍ بوزکُن ژٕ بوز

چھکھ کران کوشش زِ وعدس لوگو ژھس منکر گژھن
چھم نہٕ جرأت واعدزا ہٕتہ کپھڑا ونک
کیٚبر کوتاہ چھے
خاصدس میانس تہٕ میانس طاقتس منٛز باگ بٲژ تراوتھ ژیٚنہ زنگ
سون مرتبہٕ سون طبیعت ہیٚکہ نہٕ برداشی کرِتھ
اَسی کروٚ ثابتھ پنُن مرتبہٕ

تہٕ ژِ نہٕ نہٕ انعام پکھ

اَسی دِوان مہلت ژیٚنہ چھی پانژن دوہن ہنٛز ـــ گژھ تیار
کھش کھرِ یو نِشہِ بچ تہٕ پانس ـــ
شٔیمہِ دوہہ ہیٚمہٕ سلطنتہٕ منٛز چھے کڈُن منحوس پان
سلطنتہٕ منٛز کانٛسہٕ یوٚدوٚ چھ
ڈٲہمہِ دوہ ہیٚہ تہٕ چون کوٚ ڈُمت پان ڈیچھ
آسہِ سوہے گژھ بچا نہٕ مومچ
گژھ دفاہ! ژٕل
چھُم قسم جوٚ پیٚٹرن
حُکم ہرگز ہیٚکہ نہٕ دوہنی واپس ہٕ ینتھ
کنٹ : بادشاہ! الوداع تیٚلی
دوہنی جلاوطنی اندر آزاد چھس
(کامرڈیلیا ہیٚ کُن) بے گناہ شہزادی!

سِ ایس تَل ژ یہٕ رُچھنے دلیوتا
پوٗز بہٕ زو نتھ لی دوٗ نتھ پٔتِ پاکھٕ ژ یہٕ
(ریگَن تہٕ گونرلٕکن) تتھ بہ یہٕ کینٛژھاہ ووٗنواز زیچھوزلوو
عملہِ منزلی ہاوتس منز دیوتا کرِ نو مدد
شاہزادو کنٹ شندچھ الوداع
ووٗنی بٔیس ملکس اندر دوہ دوہ کڈن چھم پرانی پاکھٕ

(نیران)

(باجہِ چھہِ وزان۔ گلوسٹر، شاہِ فرانس، شاہ برگنڈی تہٕ خدمتگار

چھہ اژان۔)

گلوسٹر: آعزٕ! فرانسکی شاہ تہٕ برگنڈی چھہ یِم
لیر: شاہ برگنڈی، گوڈٕ تتھ ہہ چھم وَنن
میانٕہ دخترِ لبنہٕ باپتھ اُسوٕ تُہی سخ جکھان
داج وَن تسا کیا گژھی۔ وَن ڈُنی کین کم کھوٕ نہٕ کم
ورنہٕ دِس بردار سٔیدُن چھِ ژٕنیہٕ اُمی سنٛدِ لولہٕ نش

برگنڈی: شاہنہٕ یٔدِ شاہا
مےٚ چھم کافی یہٕ کینٛژھاہ بخشوٗم
تِمہِ کم ما بخشِہِم

لیر: لوٗز تسا ہے برگنڈی
ہُونٕہ ناٹھ اسِس لو، تتھ قدر راہ کران

موٗلہٕ وُنٛدہ پانَے ___ ہُکیا استاد چھے

چھے ہکیاہ، یِنٛدہ چھے نہٕ تِرٛدہ

سون سوٗرے قہرتس نازِل سُپُد

یوٗدوٕ نہٕ کیٚہنہٕ ژھانٛکھ، ہیہ چھے، مانٛن پننی

برگنڈی: چھم نہٕ سمنِیے کیٚہنہٕ، نہٕ کیاہ اَتھ پیٹھ ونے

لیٖیر: ہمہ حماقژ چھے اُمس ژم ہنتھ ژٕ گیا ساآنی ہنا

چھے ہبےکس، اُسہ چھیبہٕ اُمی ہنٛز پاپہٕ گامژ تانہ دےٚ

ساآنْ ساری بد دُعا چھس راج ___ زالی اُسہ قسمن وہ پر

ونہٕ وہ وئی ___ نژاد ئی چھیا ___؟ تو تہٕ کہٕ کرہٕ ہنٛن قبول

برگنڈی: پاپہٕ بادٕ شہنشاہا ___ مانی دِیو

یتھی شرط لوٗزٕ تھ نہٕ کیاہ کرٕ انتخاب

لیٖیر: نژاد کتھ تیلہٕ ___

اختیار ادسم نہٕ وؤنمے، مال دولت کیاہ توٗرس

(فرانسس کُن) چون چھم محبت ___ دِئے ما دو کھزانہٕ

چھم لیہٕ نٛز نفرت سے مانیتھری دِئے

میٚون ہیے پون نہ کھ ژٕ گنٛزہ بلیہٕ کانٛہ یٔر حق

ہُنہٕ چھ فطرت نام تژہ بد ذات چھے

فرانس: کتھ عجیب چھم لگان

کیا دنیکتا اَنتھ پہ ساری کھوٹ نہٕ آسہ تا ترٕ یہٕ طا کھ

آفرین آسِس شُبان تہٕ آسہَن زاتان وُنیکتان
پَنٕنہٕ بُجرک اَکھ سوٚکوٚل
سارِی سے نِشہٕ ژٕ تہٕ دارہ مأھٹ بس لحظس اندر
کُس اَتھٕ تِیٛشِہ گژھِ کرِنہٕ محروم گژھِ
چانہٕ شفقتُ نِشہٕ — باسان چھُم
جُرم کانٛہہ ہولناک
آسہِ اَمہِ کوٚرمُت — تہٕ نے
لاگ چانِس محبتَس اَتھ داغ پیٚیے
نتہٕ زٕن اَکھ معجزٕ — ہیٚکہِ یِتھ دِلَس وِشواس دِتھ
کارڈیلیا: وُنہٕ تہٕ چھُم اَکھ عرض، عالی جاہ کرُن
یوٚد قہر نازل سپُد اَدٕ مےٚ کِتھ مےٚ پیٚٹھ
چھُم اگر راہ، چھُم نہٕ ژھہ شامدُ تکان
تی وَنُن زیوِ لی نہٕ دِلہٕ آسِم وَنُن
چھیس نہٕ گوڈٕ سوٚنچان تہٕ پَتہٕ پادان وُٹھو
یِی اگر راہ چھُم، میٚہ چھُنہٕ باسان عاب
کانٛہہ جُرم یا کانٛہہ اثر
کانٛہہ گوناہ، ناشایان کتھ
ییٚمہ کِنہٕ تہٕ رحمتو نِشہٕ یِیمہِ کرِس محروم بہٕ
یوٚد یہِ چھس ناں بہٕ چھس

چانہٖ برگنڈ چانہٖ رحمژ ہٲنز سیٹھاہ حقدار، تہٕ
چھم نہٕ تتھ کٲنٛہہ اچھ تہٕ زٕلو
چھس سیٹھاہ خوش

یوٗدوَے ناسنٛن

موہہٕ دٕ اجنس، چانہٕ ماے نشہٕ اتھہٕ چھلہٕ ناوٕنس

لیئر : زامژے نے آسہکھ، کیاہ جان اوس
زٕ یتہٕ ما ہیٚیہٕ ہی کرن دِل میٚون راضی

فرانس : بس یِژے چھا کتھ؟
فطرتی کمزوٗریاہ
تی کتھوان کٹھی کھٹی یہٕ آسان چھس وَنن
شاہ برگنڈی وٕنیو شہزادِ ہٕنٛد
اول چھِنہٕ لوٚلے اگر یہٕ وٕلنہٕ بے جا مصلحژ
کیاہ چھنا تسلیم تو ہہ
یہٕ ہے پانہٕ بوڈ اکھ داج چھیہٕ!

برگنڈی : شاہہٕ پد شاہ لیئر
بخشہس وہ تی بس ہیتے، بس یوت تو ہہ گوڈ بخشووس
ڈٕ لی اکس یہٕ نچیہ کرس، اُدی وٕنی بناوٕن رانہٕ رینہ

لیئر : محترم برگنڈی
ٹاکھ ییمہٕ دِنہٕ آس، تیٚلہٕ آس تہٕ چھے قدرہ کمان

دوہ ڈٖگ معمول وٕنہٕ اُس۔ وُچھ ہوٚ کیاہ اِتقاق چھے
چھے ہوٚ کیاہ — بٔڑہ چھے تہٕ تیٚزہ۔ بدذات چھے
سوٗن سوٗرٕ یے قہرٕ نس نازِل ستیٚہ
چھکھ نہٕ یوٗد بلیہ کیٚنہہ منگان
چھے ہوٚ کیاہ، گژھہ نٕہ تہٕ گژھہ نیٚچھری کرٕن

برگنڈی: چھُمنہٕ اَتھ سمٔنے جواب۔

لیئر: کیا سبا آتیہ ہٕن عاب ہٕنٛتھ
چھُس نہٕ کانٛہ پَتھ بٕرد نٕہٕ دوہ ڈٖ
اَسہٕ چھیہٕ اَمی سٕنٛز پادٕ گاہ ژٕٹ نازٕ دے

برگنڈی: شاہنہٕ بڈٕ شاہو، مےٚ دِم آقی ژٕ دوہ ڈٖ
یِم شرٕط پوٗرٕ نتھ بہٕ کرٕ کیاہ انتخاب؟

لیئر: تراو کُنتھ تیٚلہٕ — واپہ مےٚ دٕ اتف کوٗرکھ
مال تہٕ دولت اُمس کوٗناہ چھہ ستی

(شاہ فرانسس کُن)

شاہنہٕ بڈٕ شاہا! محبت چھوٚن چھُم کیاہ دَنے کیٚتھ گٔنی ونے
چھُم یٚیٛنٕز نفرت، ژٕ ٹنٛی محبت کرکھ
میٛون ہے یہ زٕکھ ژٕ گژھہ، نوٚ سوٚرٕ کیٚنہہ
چھے بہٕ تیٚزہ یادٕ رٔچھ یٚمٕس ڈٕلِشتھ بہٕ فطرت شرمسار۔

فرانس: حارٕ نٕ چھس۔

کیاہ ڈُنیک تاں سارِے نشہٕ ٹاٹھ آسہے نازِیہ ؟ وَن !

آفرین تہٕ مرحبا اُوسکھ کران اُمی سپہ تھپ وَن !

اُدسہن زاتان پہٕ تجربک سٕتہ گھٕ تہٕ راحت

بس پہہ مخلصس اندر

کُس اتھ تیتھ گےٕ کرٕ تہٕ، محروم گے

شفقتُہ نشہٕ ۔

آسہٕ تیہٕ اَمہٕ بۄڈ اتھ کوٗرمُت وَنکھن ۔ تُہِم یقین

لاگ آسہے مجنس یتھ داغ پیٚیے

کارڈیلیا : بابہٕ حضرت ۔ ڈُنہٕ تہٕ اَکھ عرضاہ مییہٕ چُھم

کیاہ اُوے سپدٕا مییہٕ نازِل قہر

چُھم نہٕ کانہہ ہیچھ مراہ، زیواہ خوشامدٕ چ

چُھس اَتان بائل دٕبرچ کتھ وَنہٕ برٛو نہٕ

چُھم نہٕ باسان عآب کانہہ، ناپاک حرکتھ یا اتھ

چانہٕ رحمژ، چانہٕ برگزشتش کرٕس محروم یِمی

تَے مییہٕ چُھم خودغرض اُچھ، نے نہٕ ہٹھ زیو

نازٕ چُھم اُتھی پیٹھ مےٚ لیو دوَے

چھُہ کران نفرت مےٚ اَز

لیئر : زامژِے نَے آسہکھ، کیاہ جان اوس

اَز ژےٚ یہٕ ما بییہٕ ہی تھوٗن دِل میثون راضی

فرانس : بس یوہ ہے چھا ما ملیہ !
کینہہ چھہ آسان زاہتی ینھی۔ فطرتک کیا تام راز
کینہہ یژھان باوُن چھہ ما بأونہ ہیکان
شاہ برگنڈی ! ڈنوِ کیا چھو یژھان ؟
لول آسان اکھی تِھے بیلہِ آسہِ غرضیچ لاگ اَتھ
کیاہ چھوا نبھٲری کرہٕ ؟
چھو یہ پانے دلاج بوڈ
برگنڈی : شاہ لیئر ! ییژہن توہہ بخشوس
تیژہن توہی بخشوس
وُنی اتھس یہ تھیمہ ژھنس۔ وُنی بناوُن راز ریٹینز
لیئر : ژُھ نہ۔ چھم کھیوُمت قسم۔ اُتھی پیٹھ یہ چھس
برگنڈی : چھم میہ تیلہِ افسوس۔
راوہٕ ژُھ بیلہِ مأل ٗسند محبت ٗبلی
راوہٕ ژُھ تیلہِ زان ژیہ خاوند پننُ
کارڈیلیا : وارہ روزِن برگنڈی !
دیا رٹھمہ لول چھم ہاوان۔ مگر
چھم نہ اُمی ٗسند لول میہ ہرگز قبوٗل
فرانس : کارڈیلیا۔ ژہے سیٹھاہ نندٕ بأنی چھکھ
چھکھ ژہ بے زر، ژہے توے زردار چھکھ

دکہٕ زد چھکھ، سارٕ وٕ پے نشنہٕ ہٕ ژٕ چھکھ
چھکھ ژٕ نظرٕ نشنہٕ ہیمژ یوٚد شیرژٕ پے لاگنہٕ نوے
پکھ ژٕ ہیم گوٚن ہیتھ رٔٹتھ
ترٕ ووٚمت چیزاہ تلان چھُس، یوٚد اجازت آسہٕ میٚنہٕ
دلیوٚتا ہیوا کیٚاہ سَپُد
کِنتھ کینتھ، ہیمی مبٲلِ لولن
سجدٕ تتھی کوٚر اوس یُس موٚکھٹمت لکن!
ہے شہنشاہ! اداجہٕ روٚس کوٚراہ میٚنہٕ آیم باگہٕ پچاٖلِ
دوہ ژٕ یہٕ چھوٚملی کاٲژ مبٲلی، سانہٕ فرانسچ
دوہ ژٕ ہیکن مانٔلی ہیٚنہٕ نش ہیتھ مبٲنہٕ لولہٕ
آبہٕ لدٕ برگنڈٕ یکٕ تم ڈیوٚک بوٚد ساٲری سَمَن
کارڈیلیا! ہیٚنے یمَن رٕوہ خصتھ ہٕ پکھ
بے رحم اَکھ جاے راٲوٕ پے۔ جان اکھ جاباہ لَبتھ
لِییرٕ: فرانس! گژھ نیتھَن ہے نیر پانس۔ ووٚنی یہٕ گے بیٚنہٕ بوٚرپچاٖلِ
اَسہٕ چھیٚنہٕ ماشژھ بیٚاکھ کوٚر! نٔ وُچھن یژھ تھُجھ اسُند
مبٲنہٕ آشیر وادٕ روٚس نیرٕ گژھو
پکھ سا عالی برگنڈی
(ساز وزان۔ ساٲری نیران۔ صرف یہٕ فرانس، گونرل، رِیگن تہٕ کارڈیلیا۔)

فرانس : تہِ ہیٚیوٚر وٕ خصتھ بیٚنِن

کارڈیلیا : ماٲلۍ ہشتٕر اَچھ گاش چھوٕ تُہۍ۔ کارڈیلیا اَچھ چھلتھ نیران چھےٚ دوٚر

چھس بٕ زانان دار کیٛاہ چھِو ۔ پوٚز نگر
بیٚنہٕ ژھنٛزِ ۔ چھس بٕ کیٛاہ ہیکہٕ نٲنٛزِ کانٛہہ عآ بتھ کرِتھ
وارٕ کرِو ژٕ ییٚو محبتاہ مٲلِس، چھِس تِہنٛزان تعہِ ہِی
تعہِ ہہِ، ہمَن داوا چھُ تُمۍ ہِنٛدِ محبتُک
ہاے ہہٕ نہٕ ہے آسہا حقدار تُمۍ ہِنٛدِ پرٛیچھ
جاے دِمہٕ ہَس اَمہٕ نہٕ نِش وارٕ بلند
آسِو توٚ نبیٛلہٕ الوداع

ریگن : اَسہِ مہ ہِیۍ دَن کیٛاہ چھُ اَسہِ واتان فرض

گونرِل : نیٚر گژھ پانٛس تہٕ رٕیٛس راضی تھاو
قسمتس خاطرا ہیتھ کرُ نکھ قبوٗل
خدمتس مشٕر پیوٚرہٕ تربیکھ ژٕ کر
چھکھ ژٕ اَتھی لایق بہٕ کنٛز دہاہ ژےٚ یوٚز دیتھ

کارڈیلیا : دانہٕ دق مژراوِ فتنہٕ پھٹہٕ گنٛڈ
تُس اَکھاہ تھوٕ عآب کھٹی کُتھی سےٚ پوٚتس رسوا گژھان
اَڈہ سآ بس آباد رؤ ژو

فرانس : پکھ سآ کارڈیلیا پکو

(فرانس نہٕ کارڈ بلیا نیران)

گونرل : اَسہِ کیٛا بی چھیہٕ وارِ یہن مسلن متعلق کتھ کرٕنۍ۔ مےٚ چھُ

باسان ابا حضرت نیرن اُزی۔

ریگن : پزی پاٹھی — ییمہِ ریتہٕ ژ یہِ ستی تہٕ نوٗریتہٕ روٗزی تن سانہٕ

گونرل : ڈُچھان چھکھے بجرِ کنی ما چھُس مزاز اُکی سے ڈبجہٕ روزان۔

نابے نہٕ اُزی ڈُچھ تھاہ کیٛاہ کوٚرُن۔ نےٚ تہٕ اُمس ہے کارڈ بلیا

یہنزٕ ٹاٹھ آس۔ پتھ پٔروٗ نتھ ڈُچھنےٚ تہٕ ہیٚتن اژل کرِتھ۔

ریگن : یہ ۂبی گوو یرٕ بیٹھُن۔ سُہ ہے اوس دوہے ییٚتھے۔ تَس

نابے توٗگ زانہہ نہٕ پان پیٚنُن پرزناوُن۔

گونرل : سُہ ہے اوس ہمیشہٕ ژکھہِ ہوٚتے آسان، اَدٕ واتُنہٕ ہندٕ ہن

جان دوہن تہٕ۔ بجرِچ چھینہٕ کیتھے۔ اَسہِ پزٕ تمہٕ کھوٕ تہٕ وُلتہٕ

ڈُچھنہٕ خاطر تیار روزُن۔ بجرُس منز چھےٚ طبعیت بلغمی روزانے۔

ریگن : اَہنی اُتی آسہِ ییمہِ رنگہٕ اَتی ہمہِ رنگہٕ۔ نےٚ بوزنہٕ ییٚتھ پاٹھو

آدی کنٹ نیوٗن اُزی کھلہِ جلا وطن کرِتھ۔

گونرل : ڈُیہِ ہے چھ شاہ فرانسس نہٕ تمُس باضابطہِ رو خصت ہاہ بیٚنے۔

خدایہ سُندٕ خاطر کیٛا بی پزٕ اَسہِ کُنی کتھ تھاوٕنۍ۔ اگر کیٛا بی

سُہ ییٚتھے کُنی آسہِ ییٚٹھ پیٚنُن اختیار ہاوان گوو، تمی سُند

اَتھ ز یچھر کیٛا بی کرِ اَسہِ تباہ۔

ریگن : اَسہِ پزٕ اَتھ پیٚٹھ وارِ سوچُن۔

گونرِل : اَسہِ ہے پِزٕ کانٛہہ تدبیٖر فِل فور سونٛچٕنۍ۔

[ نیران چھیہٕ ]

## سین : II

### گلوسسٹرکِس ارٕل سٕنٛد محل

[ ایڈمنڈ چھُ اژان ہیچھِتھ اَکھ کیتھ ہیتھ ]

ایڈمنڈ : ہے پزٕ کرُژی ! میانٛۍ دیوی چھکھ ژٕ بوز
چانہِ قونونٕک بہٕ چھُس تابع یوز
ژالہٕ کوٚ رسمَن ریواجن ہُنٛد وہ با
کیازِ دِمہٕ لۄکن اجازَتھ، تَم کرن محروم میٚہ
چھُس بہٕ ربتھ باہ یا ژوداہ ربتھ وأنٛسہِ کم بایس فقط
چھُس حرامُک کیازِ، کوٚسہٕ کھوٚٹ بہٕ چھُس
میٚہ چھُ پزٕ نَتھ کانٛہہ تان اوٚر دوٚر رُت تِتھے
دل میٚہ چھُم رحمی تِتھے، شکلہِ کِنٕ تہٕ پوٚز تِتھے
یُتھ چھُ بیگمہِ زامتِس حلحلی سُنٛزِس
کیازِ چھِم زانان حرأمی ؟ کیازِ چھِم مانان رٕزیٖل ؟
ژوٚرِ ژھیپہِ مدماتۍ یا دِنہٕ ڈٕنمبہٕ لگتھ
ییوٚلمُت چھُم زیادٕ اوزٕ تہٕ دوٚر وجوٗد

میلہٕ کنٛہ پٔز ناہنہٕ تھٲن

ہم وجوٗد سٕں آتھچہ رٔٹسہ بٔن

تھپھٕ ہتھٕن فرسوٗدٕ بے رنگ وقہ تکھرٕ ٹھین منٛز!

جان گٕوٚد بی

ہے حلالکرٕ اٹھ گرٕ د ــــ کوٗنہٕ جاگیرٕ نمےٚ!

موٗل اسٕہ لوٗلاہ دِوان دٕو شہٕ نِ ہٕرٕنٛہ

چھپے حلالکٕ، لفظ کیاہ شوٗبان ژٕ ییٚہ!

جان گٕوٚد خُلحال گوٗبرٕ د ــــ منٛزلِس وآتِن یہِ خدا

بلی گٕمُتھن تٕمہ برانز میہٕ کامیاب

سٕپدِ غالب تیٚلہٕ حراٰمی اپرا نفسےٚ حلالہٕ کٕس

آے لگہٕ ہم! سٕپدِتھ شحال بہٕ!

دیوتا ہو! یِس نٕز نہٕ کٕ آسہِ تٕس کرٕ زیو ملاد۔

[ گلوسٹر اژان ]

گلوسٹر: گٕوٚد جلاوطن سٕپدِ آخر یہ کنٹ

تہٕ فرانس گٕوٚد بیٹھو کنٛہ سٕپٹھاہ ناراض تہٕ

پانہٕ رازن تمہٕ آو اَتھہ منٛز سلطنت

یہٕ سٕپد ازی راتھ کیٚشتہ۔ چھُس وظیفس پیٹھ منٛز دٕوہ دٕوہ کٔرِتھ۔

ہنگہٕ تہٕ منگہٕ سوٗ دٔسے سٕپد!

اڈ منٛدا کیاہ تھپکہ کران؟ خبراہ اَتراہ کینٛہہٕ!

اېڈمنڈ : کېنہہ نہ حض بس ۔ بلی ہنھے

(ہیتھی ژٹھ تھاوان)

گلوسسٹر : یہ کیا ژیٹھکہ جل جل ژٹھ تھوان چیٹھی ؟

اېڈمنڈ : میٚنہ نہ حض کہنہِ خبر ۔

گلوسسٹر : یہ کیاہ ادشکہ کاکدٕ پران ؟

اېڈمنڈ : ہا کہنہِ نہ حض ۔ کہنہِ نہ ۔

گلوسسٹر : کہنہِ نہ ! تیٚلہ کیاژ کفاہ ہکھ ہتھ یا ٹھ ژٹھ چیدس منز ؟ ییٚلہ نہ کہنہِ ادس نہ ژٹھ کیاہ تھوہکھ ؟ وچھ لہ یوٚری دٕ ۔ اُسہ دٕ چھو ۔ ییٚلہ نہ کہنہِ آسہ، میٚنہ پینہ نہ تیٚلہ آنکھ لاگن ۔

اېڈمنڈ : حضرت ! میٚنہ کرٕ زہو معاف ۔ یہ چھم بایہ سنز چیٹھ میٚنہ پرٕ نہ ونہ ساری ۔ ۔ ییژ ہن پرٕم، تمہ نلہ توٚگم بوزن یہ چھینہ تعہ یہ کرٕم ھیپہ نی لائق ۔

گلوسسٹر : تلہ سا دِ یوٚری ۔

اېڈمنڈ : دِموٚ وسے نہ گرٕ ژھو ناراض، دِموٚ ہنے نہ توٚ نہ گرٕ ژھو ناراض ۔ یوٚ نام میٚنہ یوژن توٚگ، اتھ منز چھیٚہ کیھے تژھ نہ توٚ ہیٚ گرٕ ژھو ناراض ۔

گلوسسٹر : ان سا ان ۔ اُسہ دٕ چھو پانے ۔

اېڈمنڈ : سونچان حض چھس زبایہ سنز چیٹھ چھم ۔ تمی چھم بردسہ کرٕ نہ لیٚچھمٕ ژ

گلوسسٹر : [پران] "بڈن ہنڈ احترام کرنہ چھ سانہ زندگی ہنڈین

بہترین دوہ ہَن منز ٹیٹھر پأدِ گژھان۔ تۆہۍ تام چھِنہٕ اَسہِ ورأثتہٕ
دِوان یُس تام اُسی بڈان چھِ یتھ نہٕ اُسی آمیُک کانٛہہ تہٕ سوکھ
ہیکو وُ چھِنتھ۔ میہ چھُ دوہ لۆ لوُزن لگان زِ بڈٕن ہندِس
اَکھ جبرس منز چھُ محض غلامی ہُند نہٕ فضوٗلُک رِشتہٕ۔ یِم
چھِنہٕ اَدٕ کینہہ اَسہِ پیٹھ حکومت کران زِ تِمَن کیاہ چھُ طاقت
بلکہ اَدٕ کینہہ زِ اُسی چھِ بَرداشت کران۔ ژٕ بی زِ میہ ٔنِش یہٕ کَرہٕ ہا
اَکھ متعلق ژٕ یہٕ یتی بیٚیہٕ کیٛہہ ہنہٕ کتھ یاتھ۔ اگر ساٗنِس تامِس
تۆہۍ تام زوال پٕھیر ہے بیٚ تام نہٕ یہٕ وزناوُن، ژٕ ہیٚککھ تِمی
پِنٛدِس نِصف جادادس عاش کٔرِتھ نہٕ پٔنٛنِس بآے
شنٛدتُو ٹھ لیوے ٔبنِتھ رٔوزِتھ ——— ایڈگر "
ہیوٗن ——— گو وناساز یش — زوال پٕیٚیِس ییٚنہٕ تام نہٕ یِٔ وزناون۔
ژٕ کر کھ تِمی پِنٛدِس نصف جادادس عاش، —" پننہٕ گوٚبرٕ
ایڈگرا۔ تِمی کتہٕ اوٚن اَتھ بہٕ لیکھنہٕ خاطرٕ؟ یہٕ سو چھُنس
کیٛتھ کنہٕ اوٚن دِل تہٕ دماغ ؟ ——— تِمس کیاہ گو اتھ لایق؟
یہٕ تِمی ساٗلی بیٚٹھو۔ ؟

ایڈمنڈ: حضرت یہٕ چھُ آے ہنہٕ میہ نِش اَنِنہٕ۔ یُہے تہٕ چھِیہ چال۔
میٚے وُچھ یہٕ بنِنہٕ دار کینہہ تٔرنٛاو نہٕ آمُت۔

گلوسٹر: ژٕ چھکھ بنِنس بآے شنٛد دستخط پرزِناوان ؟

ایڈمنڈ: دٔپِم محض اگر اَتھ منز جان کیٛہہ ہنہٕ کتھ لیکھ... آسہ ہے۔

بہ کٔھیمہٕ ہا قسم زِ یہٕ چِھ تٔمی سٕنٛدٕ دٔسکھٔط مگر تہٕ زانہٕ ہے کہٕ نہٕ
بہٕ سوٗ چِٹھ تہٕ زِ یہٕ کیٛاہ آسہٕ تٔمی سٕنٛد۔

گلوسٹر: یہٕ چِھ تٔمی سٕنٛدٕ دستخط۔

اپڈمنڈ: جناب۔ پٔزر چھُ یہٕ چِھ تٔمی سٕنٛدٕ اَتھٕ۔ مگر میہٕ چھُیہٕ
تو تہٕ وٕ میہ نِ یہٕ چِھنہٕ تٔمی دِلہٕ لیٛو کھٔمٕت۔

گلوسٹر: اَتھ ہیٛتھ چِھنہٕ سا از برٕ وٕ ہٕ نہٕ زانہٕ ژٕ یہٕ ییٚتی کیٛتھ کرمٕژ؟

اپڈمنڈ: نہٕ حضٕ زِ نٕہیٚ نہٕ۔ ووٕل گوٕ واکثر چھُم وٕ نان بوزٕمٕت
زِ ییٚلہٕ نیچوٗ بالغ سٕپدِ نہٕ موٗل بُڈیومٕت آسہٕ تیٛلہ پٔزٕ
نیچوِس بجاداُ دک انتظام رٹُن تہٕ ماٗلِس پٔزٕ تٔمی سٕنٛدِس
سالیِس تَل یُن۔

گلوسٹر: بدماش! لوہ ہے خیال چھُن چھِیٹھ مٔنٛزٕ نہٕ لیٛو کھٔمٕت ـــ
ذلیل! بد بخت۔ بےٚ رحم۔ بد خصلت۔ وحشی۔ جیوانوٗ
نِشہٕ بدتر۔ گژھ اُنٕ ژھاٗرِ تھ۔ یہٕ برٕن جیل۔ ذلیل!
خبر کتہٕ آسہٕ؟

اپڈمنڈ: میہٕ نہٕ حضٕ چھُنہٕ پوٗرٕ پے۔ ووٕل گوٕ میٚیون ہے بوزٕوٕ
توٚ تام ترٛاڑوی توٚ امیٛک خیال یوٚتام نہٕ توہ ہہٕ امیٛک کیٛہٕنہٕ
پوٗرٕ ثبوت میلہٕ۔ اَدٕ وٕ چھِنتوٚ ترٛژ وٕ تخفاہ، یتھ مٔنٛزٕ نہٕ کانہٕ
خطرٕ آسہٕ۔ نتہٕ ہیٚے جہلس آیوٚ وٕ لا یِنہٕ تہٕ تٔمی ہٕشتر نیٛتھ آسوٚ
نہٕ موٗقعٕ۔ یٔمٕ تٕس ماد انہٕ پہٕ نہ کھ۔ یہٕ پٹھ چھِٹہٕ تٔمی سٕنٛد

دِل۔ سُہ چھُ فرمانبردار۔ بہٕ چھُس وٕنۍ ہٕنٛدِ بدلہٕ پننہِ زُوچ ضمانت دِوان۔ تمۍ چھُ یہِ خط اوسبہٕ لیوٚکھمُت زِ سُہ وُچھِ میٚنہٕ کانٛژاہ مارے چھِیہٕ تہٕنٛز، کنہٕ بد نیتہٕ چھُن یہِ لیوٚکھمُت۔

گلوسٹر: چانٛی چھایی راے؟

ایڈمنڈ: اگر حضِ تُہہِ جان باسہٕ، بہٕ تھاوٕ تُہۍ تژھِ اکِس جایہِ یتہٕ نتہٕ تُہۍ اسہِ اُنٛکھۍ ننٛاس پیٚٹھ کنتھ کران بوزِو۔ پانہٕ پننہٕ نیو کنو لیوٚزتھ میلہِ تُہہِ اطمینان۔ اَتھ کیاہ چھُ ژھیر ـــ لاگُن، اَزۍ شامَن ہیٚکہِ یہِ سپدِتھ۔

گلوسٹر: سُہ ہیٚکہٕ نہٕ یوٚت خبیث آسِتھ۔

ایڈمنڈ: یقینَن چھُنہٕ سُہ تیٚژھ۔

گلوسٹر: پنٕنِس تس مالِس سِتۍ یُس سوٚ لوٚکھ، یُس تمِس زُوِ جانہٕ رٕچھان اوس۔ ہے آکاش نہٕ نلپتالہٕ کیو دیوتا ہو! یہِ کیاہ؟ ایڈمنڈ! گژھ اَنِن ژھانٛڈِتھ۔ میٚ نہٕ کنٛہہ زِ تمۍ سُنٛد راز دار۔ دِوُن گژھِ ہیٚکُن یوز۔ کام کٔرۍ زِ چھِ سان۔ میٚ ہے سورُے پنُن قربان کرُن نہٕ کٕہ، مگر اصلیت گوٚژھ تس زانٛنہٕ ہیٚکُن۔

ایڈمنڈ: بہٕ حضی ژھانٛڈن وُنۍ۔ یہٕ کٕہ سورُے یوٚت پلیم تیوٚت نہٕ تُہۍ نہٕ کرٕ وٕ باخبر۔

گلوسٹر: آ۔ زُنہٕ نہٕ پتہٕ میرِ لیس یم گرہنٕ کیو وقتہٕ لگۍ تم چھِنہٕ اَسہِ کینٛہہ بہترۍ۔ یوٚدوے عقل اَتھ یتھ پاٹھۍ با ہتھ پاٹھ

تاہم کٔرٕ ڈیٚکھ بیٚتہٕ یہ دیٚلی پوٚنس یَتھ سپدان چھ، تَمہٕ
سٕتی چھیہٕ فطرت زَنتہٕ رَنہٕ داوی سپدان۔ لول پَنٕناوان،
یارانہٕ ژھینان۔ بوسہٕ باے شُنڈ، شہرن منز بغاوت،
گامن منز تنازعہ، محلن منز سازشہٕ تہٕ مالس گوبرس پنٕنی
رِشتہٕ ژھینان۔ ہیشون یہ بد ماش تہٕ تِم اکھٕی کراُنٕ لوان۔
نیٚچو چھ مالس بتٕھ لوگمت۔ راژ چھ فطری ونہٕ تلیٚنہٕ ڈوٚلمت،
تَتہٕ چھ مول پَنٕنِس اولادس خلاف۔ اَسہٕ چھ پَنٕنہٕ زندگیہ
ہٕنٛدی بہترین دوہ ژھیٚمتی۔ سازشہٕ، مکر۔ ژوہ یہ تہٕ ہم
ناش کرہٕ ہنگامہٕ روزن اَسہٕ مَرن گَرتام پتے۔ ایڈمنڈ!
دوٚپمے ہماۓ، اَنٕن یہ بدماش ژھاآرتھ۔ گژھ ژیٚہ کیاہ راوِ یہ
امہٕ سٕتی کینہہ۔ مگر ضیٚیہٕ سان، لوٚژ تھ؟ کوتاہ اصیل تہٕ دِلہٕ
صاف اوس یہ کنٹ! بَچہٕ رکھوٚڑکھ جلاوطن! اَدٕ راہ کیٚشاہ
اوس؟ بی زِیٚسہ اوس ایمان دار! فکرِی چھیٚنہٕ تران، یہ کیاہ۔

[ بنیران ]

ایڈمنڈ: کیاہ اَپُر چھ دُنیہس! یَنِی غلطیہ سٕتی، بیٚیلہ اَسہٕ قسمت
کھیٚپر یتھ چھ گژھان، اَسی چھ قصوروار کھاران زُن تہٕ آفتابس
تہٕ زُنتہٕ اَسی تورَے بدماش چھ زانتی آسان۔ زُنتہٕ اَسہٕ
اورَے چھ لیکھتھ آسان کمیٖنہٕ، ژوٚر تہٕ ژھل باز بَنٕن ـــ
زُنتہٕ ییٚتھے چھ فاصلہٕ سپدان زِ اَسی بنو شرابی! پُزیاری تہٕ

دٕرکھِ پاز۔ سورِے تارکن ہنٛز گردشہِ کِنِہ۔ مطلب یہ
کیٚنٛہہ اَسہِ عذاب چھُ نہٕ پچھُ تقدیرِے۔ کیٚاہ جان ژھل
چھُ انسانَن ہیوٚ چھُمت، پننیٚ ساری بد کار تارکن کاٚسِس گنڈِتھ
ماٚلی کرُ اجدرٕ ہنٛدِس لیٚٹس ۱ تل میٚانہِ ماجہِ سیٚتی سوہ حٔبتھ تہٕ
یہ لوٚگُس پٔڈس ارساکِس ۲ سایس تل ڈمب۔ یوہ ہے چھُ وجہ،
یہِ چھُس یوٚت بدنہٕ لالچی۔ بکواس۔ بہٕ آسہ ہانتوٕ تہٕ بیٚھتھ۔
اَدٕ سارِے کھوٚنہٕ نیک تارکھ تہٕ کیٚاز آسہے نہٕ میٚانی حرامی
ڈمب لگنہٕ ورزِ پٕر زلیٚومُت۔ اڈٕ گر ــــــــ

[ اڈگر اژان ]۔ آنہٕ موقس پیٹھ پیوٚد آتھ۔ زَنہٕ مَسخرٕ
پاتھرس اندرُوت۔ میٚون اشارٕ چھُ بد ماش موٚلوٚسی۔ میٚہ
چھُ نام اڈ بڈلم ۳ ہنٛدی پاٹھی ووٚشِ تراوُن۔ اڈ ــــ یہ
گرٕ ہٕتِن چھِہ ژھینہٕ ژھَد آلی ہنٛدِ پے دِوان۔ فا۔ سول۔
لا۔ می ــــ

اڈگر : کیٚاسا باٗے جان۔ وارَے۔ ژٕ کمن گوہ تَن گوٚمُت؟
اڈمنڈ : بابہ بہٕ اوسُس اکِس کراٗمژ پیٹھ سوچان۔ راتھ اوسُس
پران زِ ییمہِ گرٕہنی لگان چھِہ، یِمَن ہنٛد نتیجہ کیٚاہ آسہِ۔
اڈگر : پزر چھُسے وَنان۔ یِم نتیجہ تمی ہاوی ہنتی چھِہ، تِم چھِہ سانہِ شامتہ
پوٚتس پیٹھ تنی نیران۔ ماٚلس ماجہِ تہٕ شُرین پانہٕ وانی منز کمی،

---

۱ : DRAGON'S TAIL ۔ ۲ : URSA ۔ ۳ : اکھ بیچھِ وٕن یِیمی پاگل اوس
وگمُت۔

مرُن۔ ذراگ، پرانین یارن منز رَٹنہٕ۔ حکومتن ہنز چھلہٕ چھانگہ راژن تہٕ رئیسن خلاف ژوبہٕ تہٕ بدرد۔ شکہٕ پٮ۪راہ، رفیقن ہنز جلاوطنی۔ فوجن منز انتشار۔ خاندر پھٹان تہٕ بیپ۪ر چھُم تہٕ پےٚ کیاہ کیاہ۔

اَیڈگر: ہہ کمہ ساپیٹھہٕ بنیوکھ ژٕ نجومی؟

اَیڈمنڈ: گژھ، گژھ، ژہٕ کیاہ! آسہ کر چھکھ سمکھمُت؟

اَیڈگر: اَدٕ، یِہُو کالہٕ ہَسا۔

اَیڈمنڈ: کُتھ کرٕ تھہٕ تس سٟتی؟

اَیڈگر: ہَتا دوٕن گاٹھن آسی یِکوٹہٕ۔

اَیڈمنڈ: ییٚرٕ تہٕ وِزاو سہٕ صَلحے؟ کتھہٕ تلہٕ یا بتھہٕ پیٹھہٕ وُچھتس نا کانٛہہ ناراضگی۔

اَیڈگر: ہا بلکُل نہٕ سا۔

اَیڈمنڈ: ژٕ پادٕ یاد۔ کنہٕ کتھہٕ پیٹھہٕ ما چھُتھن ناراض کورمُت۔ میٛون ہے بوزکھ کیٛونژ کال روزنہٕ تس نِش دوٗرے یوٗتام زن ژکھ ہمیس۔ سہٕ چھُے ذٕ کیٛن تیٚشتھ ژکھ ہوٗت خبر ژیہٕ پیٹھہٕ تھا ژٕنتھ تہٕ ہمیا۔

اَیڈگر: کمیٚ تام بدماشن کیا چھُنس میٛہ خلاف کیاہتام دوٗنمُت۔

اَیڈمنڈ: اَہنسا میٛنہٕ تہٕ چھُسے خدشہٕ۔ بہٕ چھُسے گلی گنڈان کیٛونژ کال کوٗرتھ صبر۔ یوٗتام زَن ژکھ ہمیس۔ میٛون بوزتہٕ ژٕ بہٕ سوٗن۔

تہٕ تمہ رود زٕ کھٕسِتھ، بہٕ تھاوٕ تھٕ تتِھن بیتھ ژٕ پننو کنو نمی ہنٛز
کنٛتھ بوزٕ کھ۔ تلہٕ سا نیرٕ بہٕ گیٚی میاٲنی کوٗ تنز۔ نیٚبرٕ ہے گژھہٕ
کامہٕ نیرُن ہیوٗ وٕسے باسلاح ہٕپری نر۔

ایڈگر: باسلاح۔ بہٕ کیٚا سا آ؟
ایڈمنڈ: ؤچھسا آ بابا میٚون گوٗ وچا نہٕ خاطرٕ رٕت مشوٕرٕ دِیُن۔ باسلاح
نیٚری زٕ۔ تیٚلہٕ چھُس نہٕ بہٕ ہٕپری یور اگر تمُس ژٕ بیٚہ پیٚٹھ نیتھ
جان آٲس۔ ہیٚے وٕ ؤنے ژٕ بیٚہ تہٕ بہٕ ہیٚبہ وُچھ تہٕ بوزٕ۔ وٕوٕن
گوٗ وہیٚہ وٕنے ہیٚنٛھی ہیٚنٛھی، ژٕ کٕہ کا ژاہ خطرناک گژھ چھیٚہ
تہٕ وٕ نمے یہٕ۔ ہے دٕ وپمے ہسا آ ژٕ نیٚر تہٕ۔

ایڈگر: ہیٚے وٕنکھ جلدٕ ہے؟
ایڈمنڈ: ہا اہنسا آ چانہٕ خاطرٕ چھُس بہٕ حاضر۔

[ ایڈگر نیران ]

موٗل چھُم خوش اعتقاد، بوے چھُم کوتاہ شریف
چھُکھ طبیعت تیٚتھٕ زٕ کانٛہہ چھُن نہٕ زٕ ہینٛے بد گانسہٕ ہُنٛد۔
کانسہٕ پیٚٹھ یم زانہہ ہیٚکن نہٕ شکھ کرِتھ
بیوقوفی ہنٛز شرافت دِ یہٕ سہولیت وار یاہ ہیٚے کامہٕ ہنٛز
واتہٕ بہٕ اٚتھ کامہٕ پانٕنے ژٕ حل کرِتھ
چھُمہٕ یاد آسٕنی وراثت، تو نہٕ کیاہ،
عقلہٕ یوٚد ہیٚمہٕ کام پانٕنے میلہٕ ہیٚبہ

جان گژھہِ دِتی یُس تہٕ تدبیراہ میٲنہٕ باسیم کارگر

[ نیران ]

## سین III

### ڈیوک البانین محل

[ گونرِل تہٕ آسوالڈ (تمیٚ سُنٛد انتظامی) اژان ]

گونرِل : گژھہِ وِپزی اَمہِ بابہٕ صاٲبَن لوٗے میانِس نوکرس
مسخرس بیٚیلہِ روب ہیٚتھ کیاہ ہتال کرنیو لا ؟

آسوالڈ : اَہن حض بیگم صاٲب۔

گونرِل : راتھ دوہ چھُم تنگ کران
وُچھتہٕ اَکہِ پتہٕ بیاکھ غلطی چھُم کران
نہٕ وُچھان پتھ برٛونٛہہ مگر
اَسہِ بُلِہ کاژاہ پریشانی تُلان ـــــ ژالہٕ کوتاہ !
پتھ بیٚکھتہ کتہٕ کوٚت دوہ سراٹھاہ تُلان نوکراَپندی۔
کُنتھ نہٕ ژکہِ آسان رٕہتی۔ چھُس نہٕ پانَس تام لبَس روزان کٕہتی
لوز ساٮ ہے۔ اَدہٕ بیٚیلہِ شکارہٕ پیٹھٕ پھیرِتھ ییی
بہٕ کرَس نہٕ لیوٚہ کتھ۔ ژٕہ ونُس "بیمار چھس"۔
ژٕہ تہٕ نَے دوہ ژٕ زیادٕ کرہِش خدمتھ۔ اَدٕ جان گژھہِ

تَتھ بہ دِمے پانے جواب

[ اَنٛدرٕ چھُ بِگُل وَزان ]

آسوالڈ : اوَرٕ حضٕ شایدلوان چھو

گورنر : یِہ کیٚنہہ کُنہٕ تھاوِہس ۔ تراوشونگ

اَکھ تِہ باقے یستہ ہیتھ

چھس یِرٕھان کتھ گرٛزھ وِدہ تھینی

ناگوارِ کیٚنہہ گرٛزھس اَدٕ بیٚنہ نِش گرٛزھی تَن اُزی

چھُم مِیٚہ پےٚ یکرائے چھےٚ ژٕ تہٕ بہ اتھین

یِی زٕ بیٚنہ ہنٛز حکمرٲنی چھےٚنہ اَسہِ ہرگز پسند

بُڈٕ بڑ یھِٹھوٗمت یِرٕھان

وُنہِ تہٕ گوٚژھہ تَس اقتدار، یُس بیٚین دٕشمت چھُ اُمی

ہے میٚہ دڑے جھم بِپنہ پانٛچ

بُڈٕ بیٚلہِ بڑ یھِٹھان کران چھےٚ ہم شرٛل

یِیٚلہِ ہتنک سَپدان چھکھ

بَس خَہ شامد چھکھ کران میٹھان چھِہ

بوٗزتھا سا ـــ یادتھوی زٕ

آسوالڈ : اَہن حضٕ بیگم صاب ۔

گورنرٕل : یستہ یاجَن اُمی پھنٛدہن کُن یُتھ لُدٕ تھہی روٗزی زِلہ

یُتھ نہٕ کھوٗژد سَپدِ کیٛاہ

سأنِتھی یِنِ پَننِن نصیحت کَرِ زِ بی
تھَس یِٹرھان پھِرِ پھِرِ اُمس کینہہ ہتھ رَٹُن
وار کیتھ کرِنس میہ روز ہیم
بَیِنہ تہ وُنِ سوزِ چِھٹھ
سو تہ مِیانی آیہ پکہ ہیتھ
نیرسأ گرِ ھ کھانہ کرِ اَسہ کیتھ تیار

[ نیران ]

## سِین : IV ـ

اَمی محلک دلیوان خانہ

[ کنٹ اَژان رَخ بَدلاوِتھ ]

کنٹ : یوٚ دیٚ ہیکہ ہا آسے بدلاوِتھ کیتھَن
بیتھ تہ پرِزِ ناوِتھ ہیکہِم آواز کاہنہ
میأنی پژرنیتھ تہ سپدِ ہے اَدٕ کامیاب
چھم میٚہ یَیمہِ باپتھ یہ رَخ بَدلووُمت
پانہ میأنیو بے وَطن کنٹو ! ژ ییتھ پیٹھ
زوٗ ہیکہ مجرم گَمِتھ خدمت ژٕ بیہ چھے انجام دِنی
آغہِ ستر بسَ لول چھکھ واراہ بران

آخرس بوزِن تگِس کیاہ کیاہ گوٚرُم

[اَنڈرٕ چھُ بگُل وزان۔ بادشاہ، دَرباری تہٕ خدمتگار چھِ اژان]

لیِیر: کھانہٕ سٕیرِو۔ بڑُنز تہٕ پژاَرِتھ ہیکہٕ نہٕ۔ دستر خان ہے!

[خدمتگار نیران]

کیاہ ساکس چھُکھ؟

کنٹ: جناب! مُہنیوٗاہ اکھ۔

لیِیر: کیاہ کران چھُکھ وَن ژٕ بہٕ اَسہٕ نِش کام کیاہ؟

کنٹ: بہٕ ہیوٗ زنہٕ چھُس یوان، یُس تمہٕ نِش چھُسنہٕ زِژھ تہٕ کُم میاَنی کام چھیہٕ تَس خدمت کرٕنی یُس میہٕ پیٹھ پَژھ دِ کرِ۔ تَس محبت کرُن یُس پزِرَس پیٹھ آسہِ۔ تس سٕتی کلام کرُن یُس دانا آسہِ تہٕ کتھ آسہِ کم کران۔ نہٕ کُھلن چھُس کھوژان۔ تیٚلہٕ چھُس جنگ کران ییٚلہٕ نہٕ کھنی پلیم تہٕ بیٚیہٕ چھُس نہٕ گاڈ کھیوان۔

لیِیر: مگر ژٕ چھُکھ کیاہ؟

کنٹ: اکھ صاف دِل شخص۔ تیُتھے مفلِس یُتھ بادشاہ سلامت چھُ۔

لیِیر: اگر ژٕ رَعیتھ آسِتھ تیوٗت مفلِس چھُکھ یوٗت بادشاہ بادشاہ آسِتھ چھُ، تیٚلہٕ چھُکھ ژٕ پزی وارٕہ مفلِس۔ ژٕ یژھان کیاہ چھُکھ؟

کنٹ: خدمت۔

لیِیر: کمی سٕنز خدمت کرکھ؟

کنٹ: چپاسی۔

لیبر: مالیا ژٕ چھکھ سا میٲنہٕ زانان؟

کنٹ: نہٕ جناب۔ مگر تُہندِ بجہِ تلہٕ چھُ نتان زِ تُہۍ گژھو میانِ
آغہٕ آسنۍ۔

لیبر: کیاہ چھُے بوزن تگان؟

کنٹ: حاکمی۔

لیبر: کیاہ خدمت ہیککہٕ ژٕ اَسہِ کرِتھ؟

کنٹ: بہٕ ہیکہٕ ایماندار مشورٕ دِتھ۔ بہٕ ہیکہٕ گرۍ سوأری کرِتھ،
دوٗرِ تھ۔ مزٕدار ڈلیل تہٕ ہیکہٕ بوزناونہٕ وِز خراب کرِتھ
تہٕ سیوٚدٕ سادٕ شیٚچھ تہٕ ہیکہٕ وۅکھٕ پاٹھۍ واتناوِتھ۔ یہٕ کانہہ
عام اِنسان کرِتھ ہیکہِ تِتھ منز چھس بہٕ تہٕ ماہِر۔ تہٕ میٲنہٕ منز
لیہہ سہٕ سارِ وے کھوٕ تہٕ بڈٕ خوٗبی چھے سو گیہٕ میانۍ محنت۔

لیبر: وٲنسہِ کوتاہ چھکھ؟

کنٹ: تیژوٚت لوکٹ تہٕ [illegible]ب چھس نہٕ زِ زنانہٕ گیونس پیٹھ گژھ
فلواہ تہٕ نہٕ چھس تیژوٚت بڈٕ زِ زنانن ہنٕز کتہِ کنتھ پیٹھ بیٚگلہٕ۔
میٚنہٕ حض چھِ ارٕنا آچھ وُزی ہتھ کُن تژ آوی ہتی۔

لیبر: ژٕ چھکھ میٚنہٕ پتہٕ پتہٕ۔ ژٕ کرکھ میانۍ خدمت۔ اگر کھین کھینہٕ
پتہٕ تہٕ میٚنہٕ کھوٚت کھ نہٕ تیٚلہٕ تراوَتھ نہٕ بہٕ کینہہ ——
ہے تلہٕ سا اُنو کھین، دوٚ پمو ہسا کھین! بہٕ کتہٕ چھ

میثون یہِ بد ماش مَسخرٕ؟ تَلہٕ سآ انٕ میثون مَسخرٕ بلاوِتھ

[اکھ خدمتگار نیران - آسوالڈ اژان]

ہیوٗ - بیپاری ہا - یہِ کتہٕ چھم کوٗر ؟

آسوالڈ: بہتر جناب - [نیران]

لیر : ژٕ کہو بکواس چھکھ کران اَتھن، ہیوٗ! تَلہٕ سآ ہے بہٕ ہچہٕ کلہٕ پھرِتھوٗن واپس - بوزان چھونا ؟ دوٗ پموٗ ہا - میثون یہِ مسخرٕ کتہٕ چھُ - باسان چھُ سورُے دُنیاہ چھُ شوٗنگمت ـــــ !

[نائٹ واپس اَژان] - وۄنۍ کیاہ سآ دلیل چھےٚ؟ کیاہ سآ گوٚت گۄو یہِ سورٕ بچہٕ - ؟

نایٹ: سُہ حضرت چھُو وَنان زِ تہنٕز کوٗرٕ چھیٚہ زۄن ناساز -

لیر : ییٚلہِ آلو کرٕ بوس اُمہِ شکس لدن کو نہٕ بوٗز ؟

نایٹ: حضرت تمیٚ وۄن میٚہ صاف پاٹھۍ زِ سُہ ییہِ نہٕ -

لیر : کیاہ، سُہ ییہِ نہٕ ؟

نایٹ: جناب میٚہ چھُنہٕ پےٚ زِ معاملہٕ کیاہ چھُ، مگر اکھ کتھ چھم بوزنۍ تگان زِ جنابَن چھُنہٕ سُہ تعظیم کرنہٕ یوان ییمیُک توہیہ عادَتھ اوس - ییٚتہِ چھیٚہ نوکرن چاکرن ہنٕز نرمی منٕز تہِ تِتھےٚ پاٹھۍ کمی آمٕژ ییتھٕ پاٹھۍ خۄد ڈیوٗکہٕ ہنٕزِ نرمی منٕز چھیٚہ اَکھتے تہِ ہنٕز کورِ منٕز تہٕ -

لیر : کیاہ، ژٕ چھکھ یہِ ییٚژی وَنان ؟

نایٹ: عرض چھم آغہ۔ غلط ہے کیہنہ وونُم تتھ دی زیوم معافی۔
میہ پیٹھ چھُ فرض واتان زبہ کرنہ ژھوہ پہ پیٹھِ میہ بوزن نگہ
زتوہ ہہ ستی چھیہ زیادتی سپدان۔

لییر: چانہ کتھہ ستی پیو میہ پتھ تہ احساس یاد۔ کینژہ کالہ پیٹھہ ژیون
میہ زبہ چھس ہشر فس تراوہ پہ بوان۔ بہ اوس زانان زمیہ
چھیہ بدگمانی بہ اوس نہ زانان زبیین ہنزس وطیرس منز چھیہ
سرد مہری۔ ووں وُ چھہ برونہ کُن کیاہ سپد۔ مگر میٹون پہ مسخرہ
کوت گوو؟ نوم من دون دوہن وُ چھ پی نہ میہ سہ۔

نایٹ: جناب یہ سالی کالنشہ گٹ شہزادی فرانس گئے تہ چھُ مسخر تمتھو
غمس منز ژمیتھو مت ہیتو۔

لییر: اَجِ مہ تِل بیہ کتھ۔ بہ چھس پانہ تہ یہ محسوس کران۔ گژھ اُمس
وَن کور میانہ لیوری ین۔ میہ چھیہ تس ستہ کتھ کرنی [اکھ خدمتگار
نیران] ژ گژھ تہ بہ انُن میٹون مسخرہ لیوری [بیاکھ خدمتگار نیران]۔

[آسوالڈ بیہ اژان]

کیاسا ژ چھکھاونہ بیتی۔ تلہ سا میہ کُن وُچھ، بہ کُس چھس؟

آسوالڈ: بیگم جانہ ہنذ مول۔

لییر: "بیگم جانہ ہنذ مول؟" آغہ ہنذ بدماشہ۔ حرامزادہ۔ ہونہ۔
ہیچھ ہونہ۔

آسوالڈ: حضرت! بُہ گو منز چھس نہ بہ کانہہ۔ میہ دی زلو معافی۔

لیر: ژٕ چھکھ ہیہٕ بٔنِتھ یوان۔ ڈٕلپہٕ! [لایان چھس]

آسوالڈ: بہٕ نہٕ حض کرٕے نہٕ چوب برداش۔

کنٹ: کھوٗنتی نہٕ کرکھ نا برداش۔ ناپکار فٹ بالہٕ کھلاڑیا۔

[کھورِ ہن چھس کھوٗنتی کڈان]

لیر: شکریہ۔ ژٕ یہٕ کرتھ ہیہٕ خدمت۔ بہٕ تہٕ کرٕے محبت۔

کنٹ: تھوٗد ووتھ! ووتھوٗ۔ ژلوٗ دفا۔ ژٕ یہٕ ہا تارٕے بہٕ فِکرٕ تنظیم کِتھ پاٹھی پزِ کرٕن۔ ژلوٗ۔ دفا! نٔتہٕ ہے یہٕ ژھکھ بٔرٕ ہان دراز سپدٕن یژھان۔ تیٚلہٕ ٹھہر۔ نٔتہٕ ہے کاڈی چھی تیٚل گٔژھ دفا۔

[ڈکہٕ دِتھ چھس نیبر ژھنان گٔژھتھ]

لیر: ہے بہٕ ہسا چھس چون شکر گذار۔ دوستا! ژٕ یہٕ شوبی اَتھ بخشش۔ [پونسہٕ چھس دِوان]

[مَسخرٕ اژان]

مَسخرٕ: اَدٕ بہٕ تہٕ ہمن یہٕ کرایس یٔتھ۔ رٔٹھ سا یہٕ میٲنٛی مَسخرٕ کلاہ![1]

[ٹوٗپ پلناوان کنٹس کُن]

لیر: دٔ یمے ہا ٹاٹھہِ بدماشا۔ خاے ہے چھا؟

مَسخرٕ: جان روزہِ ہے ژٕ ہے تلہٕ ہکھ میٲنٛی کلاہ۔

لیر: گوٚ بہٕ دٔن سا کیاز؟

مَسخرٕ: کیاز۔ اَدٕ کیٚنہ ژٕتس یستی ژھکھ پکان یس مہٕ یستی مارِ وٕے پکٕن

---

[1] COXCOMB :

تڑ ؤومت چھُ۔ نہ نہ۔ ژٕ ہیککھ نہٕ توٚتام اُستھ یوٚتام واو کھُہرِتھ چھُ۔ ژٕ یہٕ لگی جلدٕے ژھٕسٹھ۔ ترٚٹھ ساٗ یہٕ میٚثون مسخرٕ کُلاہ۔ ڈُچھ ساٗ یہٕ گوو یٚمی پنٕنہ کورٕزٕ گُڈٕتھ ژھنہٕ۔ تہٕ یٚمہ اُکس دِژٕن پنٕنہ مرضیہٕ خلاف بخشش۔ اگر ژٕ تس پتہٕ پکھ ژٕ یہٕ یزی میثون کُلاہ دیٚن۔ وَن سا پیچا[1]! ہاے مے بہٕ آسہن زٕ مسخرٕ کُلاہ تہٕ بیٚنہٕ زٕ کورٕ۔

**لیر:** وَن ساٗ گوٚ برا کیا زٕ ؟

**مسخرٕ:** اگر بہٕ تمن ینن سوٗرٕے جاداد دمہ ہا، پنٕنہ مسخرٕ ٹوٗپہٕ روزٕہٕم پانسے۔ یہٕ چھے میانٕی یہٕ اکھ ٹوٗپ، بیاکھ منگتہٕ کورِ ہن پٔننِ ہن۔

**لیر:** خبردار چھے۔ قمچہِ چھیہٕ یاد پے ؟

**مسخرٕ:** پوٚزٕے چھُ ہوٗن گرٕدہِ پنُس مرِس[2] منٛزٕ روزٕن۔ تس گرٕدہِ قمچہِ وآیتھ گُڈٕتھ ژھٕنن۔ یٚیلہِ زٕن ہوٗنٕی آسہِ الاوَس نِش ہتھ نہٕ پھکھ آسس پوان۔

**لیر:** ژٕ بنیوکھ میہ کیثھ مصیبت۔

**مسخرٕ:** بوزٕ ساٗ۔ بہٕ ہیچھِ ناوٕتھ ژٕ اکھ کتھ۔

**لیر:** اَد ساٗ نہٕ وَن۔

---

لہ: UNCLE لفظس چھُ ژٕ اَتھ NUNCLE بناونہٕ آمت۔ لہٰذا گوو چچا بدلہٕ پیچا وَنن۔

۲ه: LADY THE [illegible]CH.

